# بُتھِس پیٹھ بُتھ

(افسانہٕ سۆمبرن)

جناب سلیم سالک
صاحبس خلوصہ سان
بانیٔ اظہار خیال۔

اوتار ہنوگامی
6/8/2012

اوتار ہنوگامی

کِتابہِ ہُنٛد ناو — بُتھِس پٔتھ بُتھ

مُصنِف — اوتار ہوگامی

گوڈنیک ایڈیشن — ۲۰۱۰ء

مول — زٕ ہَتھ پٔنٛژہ ہارو پیہ

کمپیوٹر کمپوزنگ — 
Mulsoo Computer Printers
B-21, T.R.T Purkhoo
Phase-IV
Domana Jammu
Mob:- 9419615261

چھاپ خانہ — PRIME PRINTING PRESS New Delhi

کِتاب میلنگ پتاہ — (۱) ۳۱/۵ لوٚر برنائی مُٹھی جموٕم
(۲) ناگرا ادبی سنگھم جموٕم
(۳) کِتاب گھر کلچرل اکیڈمی کنال روڈ جموٕم
(۴) کِتاب گھر کلچرل اکیڈیمی بڈشاہ چوک سرینگر کشمیر

ناشر — سوہنی پبلیکیشنز ۳۱/۵ لوٚر برنائی جموٕم

بُتھِس پٹھ بُتھ مٔرِتھ سأری چھِ بدلےٲتی

گٔمِس پٹھ گٔس چھُ از کل ناز بستی مٔنز

کثوآل

Bothis Peth Both-------------Kashmiri Short Stories by Avtar Hugami

Publisher:- Sohani Publications 31/5 lower Barnai Jammu.



Available At:-1) 31/5 Lower Barnai Muthi Jammu.

2) Nagraad Adbi Sangam Jammu

3) Kitab Ghar Canal Road Jammu

4) Kitab Ghar Budshah Chowk Sirinagar (Kmr )

Price :-Rs 250/-

Computer:- Mulsoo Computer Printers jammu

Mob:- 9419615261

# اِنتساب

تِمن پرَن والین گُن یمن موجودہ حالاتو

اَسنَس کیاہ وُٹھ گُمجارس تہِ ٹھاک لۄگ

اوتارؔ ہوگامی

A sense of humor is a sense of proportion

----Khalil Gibron

# باگنے

# پٔننۍ کتھ

"بُتھِس پیٹھ بُتھ" چھُ یِمہ افسانہٕ سۆمبرنٕچ ہُنٛد ناو۔ اَز کل چھُ اکثر اِنسان اصلی بُتھ کھٹِتھ تھاوان باپتھ وقتہٕ وقتہٕ مختلف بُتھۍ مثلن سیاسی، سماجی، مذہبی، علاقٲئی بیترِ بیترِ لاگتھ ژھل کڑان۔ وُمزاحس کأم ہتھ چھےٚ اَمُند اصلی بُتھ نۆن کڈنٕچ اکھ کوشش کرمٕژ۔ یِہ چھُ پۆز زمانن دُییت لرِ پھِرن، یُس شخص راتھ تام ہونین سیتۍ ژٔل اوٚس کھوان سُہ چھُ از بُتھ بدلاوِتھ لۆکن یِمہ کتھِ ہُنٛد باس دِنٕچ کوشش کران زِ آسی ہسا گیہٕ لسی ڈار۔ تِس اِنسانہٕ سنٛدِ بُتھۍ پیٹھ وُڈرن ژٔلتھ تمسنٛز اصلی پچھان ژٔنۍ کڈنکِ چھُم سبٹھا کھرٲو۔ یتھ سٕہ Expose گژھِ تہٕ تمہِ لۆکھ سیدلِنہٕ اَمسندِ اِستحصالُک شکار یمن سیتۍ تِس ووتھ بیٹھ آسے،

افسانہٕ ووتُم یڑ کالہ پیٹھ لیکھان۔ اماپوٚز چھپاوٕنس آیم نہٕ وُنکتام اَتھ وَتھ۔ گاہے روٗد ہوتھ زیٹھان تہٕ گاہے رأدژھوٹان۔ دَلیس کُن شُگر از ژٕڈ مے شکمس مۄل تہٕ پٔنن پان کھوٗرم ٹکسالہٕ۔ یمن افسانن منٛز چھُ مےٚ برابر تیٖی وَکھنومُت یہِ مےٚ وِزِ وِزِ باسیووتہٕ وُچھ۔ میٖون دُیت چھُ صرف لفزن ہنٛد ورِدِن۔

اِنسان تہٕ تسنٛز عمل چھِ طنٛز باپتھ موضوع تہٕ تہِ موادتہٕ فراہم کران۔ وٕنی گُو تسنٛزِ عملہِ پیٹھ وژھس لأگتھ پوژھس ونہٕ نٕس چھُ زیادٕ اثر۔ نتہٕ چھُ دُشمن دأری گوٚھنگ اِمکان۔ اکثر افسانن منٛز چھُم طنٛز ومزاحس کأم ہیٚتھ پٔنُن مقصد توٚہہِ تام واتناونٕچ کوشش کُرمٕژ۔ تکیازہ بقولِ کنہیالال کپوٗر ”اِنسان ہیٚکھون قونونہٕ کھوتہٕ زیادہ طنٛز ومزاحٕکہِ ناکارہٕ کامہِ نِشہِ لوٗب تھأوِتھ“۔

موجوٗدٕ حالاتو چھُ انسانٕس اُسُن تہٕ گِنٛدُن زنتہٕ تھپہٕ نیوٗ مُت۔ اَسنٕک چھنہٕ سوالےٚ سُہ چھُ وُٹھ گُمجارس تہِ وایہٕ کران۔ اِقتصادِیاتٕک، تتھ خوشکھ مضمون وَنان چھِ، طالب علم آسنہٕ باوجوٗد چھُس برتھ ترفہٕ اُسا گوٚنٛدتاوٕ چھُن پژھان۔ توے چھس افسانن منٛز تہٕ یہائے گتھ مدِ نظر تھأوِتھ پرن وول منٛتس کھنڈس بےشونٛکھی پأٹھی وُٹھ گُمجار کرنٕس پیٹھ مجبوٗر کرُن یژھان۔

اکِس یوٗرپی نفسیأتی ماہرسُنٛد دوٚپ چھُ زِ اکھ اِنسان چھُ دون سوٗتھرن اِنتشار تہٕ ڈُولہ ڈٕھل ہنٛد ظأہری سوٗتھر Trivial Plane تہٕ بیاکھ

سکوٗن تہٕ قرارُک باطنی سوٗتھرس Tragic Plane پیٹھ ژُوان۔ اکھ کامیاب ادیب گُوسُوٚ یُس یمن دوٗشوٚنی سوتھرن پیٹھ مشاہدہ، تخیٖل تہٕ حِس آگہی استعمال کٔرِتھ زندگی ہٕندین ساروٗنی پہلوہن ہنٛز گاہے سدہٕ سیود گاہے ورگہ پاٚٹھی پاٚرزان پرأوِتھ پنٕن فن پارہ تخلیق کرِ۔ طنٛز و مزاح ورتاوَن والٮ۪س ادیبس چھیے یمہِ سوتھرٕ بالکل ڈنجہ تھاوِتھ پننی ادب پارہ برونٛہہ پکناوان۔ اگر زَن سُہ دُوٚو مٔزۍ اکِس سوتھرس پیٹھ روٗزِتہٕ گوٚو تیلہٕ چھنہٕ تسنٛدِس فن پارس سیٚنز یا وُسجار پراوَنک کانٛہہ اِمکان یُس سُہ یژھان آسِہ۔

طنز و مزاح ورتاوُن چھُ اکھ دُوٚندری تلوار چلاوٕنی۔ اَتھ چھ سیٚٹھا تجربہ کاری تہٕ سنجیدگی ہنٛز ضرورتھ۔ نتہٕ چھُ پھِکرِس زِنسترلگنہٕ بجایہ پانس لگنُک خطرٕ۔ اَتہٕ گوو ہیکہِ گوڑ سرنئے تہٕ وزنی تہٕ گلہٕ تہٕ گوھن سہٕ تُھنۍ۔ افسانن منٛز اکھ واحد کوتاہ چھس یہٕ کامیاب تہٕ سرہ خرہ کرٕنہ چھے پرن والین ہنٛز کام۔ نتہٕ کمہٕ گو ردپ مئون دود چھُ ژھٕٹلک۔

بہٕ چھس کُہنہ مشق ادیب تہٕ شاعر شری مکھن لال کنول صابُن سیٚٹھا ممنون تہٕ مشکوٗر یمو صحت ناسازٕ آسنہ باوجود یتھ کتابہِ ترتیب دیژ۔ جناب ڈاکٹر رتن لال شانت صابن، یُس فنِ افسانہ نگاری ہنٛد موٗلادھار و منٛز قد آور شخصیت چھِ، چھس انتہائی مشکوٗر یمو عدیم الفرصت آسنہٕ باوجود میانہِ کتابہِ

سرنامہ لیوکھ تہٕ میانٛی حوصلہ افزائی کرِکھ۔ تِمن ادیبن تہٕ ادب نواز دوستن ہُنٛد تہٕ شُکریہ یِمو میانٛی اَفسانہ گاہ بگاہ بُوزتہٕ مےٚ دیتکھ نہ صرف افسانہ لیکھنُک وُتش بلکہ کِتاب چھپاونٕچ تہٕ دیژھ ہم ہمت۔

بہٕ چھس شری رتن لال تشنہ سُندتہِ آبھارٕی یِمو کمپیوٹر کمپوزنگ ژوکہِ تہٕ نیک نیتی سان کرِتھ میانٛی محنت کھاار کھ رتھہِ۔

چھیکرس پیٹھ چھس بہٕ پننہٕ گرواجنہٕ شریمتی سوہنی پنڈتا ہُنٛد سٹھا تکسان مندلیس زن گرہ کہ لوہ لنگرک بارمےٚ تھوتھ کرنہٕ وراٴےٚ ہ پانے وتراوان چھیٚنہٕ تہٕ بہٕ چھس کینٛہہ لیکھتھ یا پرِتھ ہیکان۔ تمنٛدِ Inspiration وراٴےٚ اَفسانہٕ لیکھُن تہٕ کِتاب چھپاوُنٕ اوس بہٕ نہٕ تہٕ سوالی۔

اوتار ہوگامی

۱۵۔ اگست ۲۰۰۹ (جنم اشٹمی)

۳۱/۵ لور برنائی جوم

Mob: 9419684025

## اوتار ہوگامی۔۔۔ اکھ ہمدرد افسانہٕ نِگار

کاشرِ بُزرگ چھِ ونان زِ کتھ گژھ سوٗنبراونی تھٲنی، یمہِ بژ ونٕہ زِ کتھہٕ گنز ونو۔ ادبی نوقطے نظرٕ کنز تہِ چھُ یہِ اہم زِ افسانہٕ نِگار کوتاہ اہل چھُ واقہ یچ لگہٕ ہٲری یا سِگنی فِلکنس بدِ کڈنس یا مُشخص کرنس۔ تس کتھہٕ گنز چھےٚ نظر پیوان تتھ گن یہِ ژٕ چھِتھ قلمبند کرنک تہٕ باوننک ضروٗرتھ چھُ۔ اوتار ہوگامی سند بن لوکٹین موکٹین افسانن ہنزِ گوڈنچہِ پرنٔے پتہٕ چھُ یمہِ کتھِ ہُند باضابطہٕ باس میلان زِ تس چھےٚ نظر جیاٗذِب۔ سُہ چھُ دوہ دِشکین تہٕ عمومی واقہٕ ہن اندر زندگی ہنزِ معنویت ژھارنچ باضابطہٕ کوٗشش کران۔ یہِ کوٗشش چھےٚ تس افسانہٕ کِس نرل دُنیاہس منز واتہٕ ناوان

ییٚتہٕ افسانہٕ بطورا کھ بامعنے تہٕ فعال فن چُھ تہٕ ییٚتہٕ اتھ ادبی صِنفہِ نِش بیٚیہٕ تہٕ واریاہ
وومیدٕ آسان چھےٚ۔

اوتار جی ینٛز افسانہٕ چھِ لوکٕٹ تہٕ لوکُٹ آسُن چھُ افسانُک
گہنہٕ۔ ووں گوگُنہٕ ادبی صِنفہ ہُند باڈر گِتھ ہٕ نہٕ تمہِ خاطرٕ شرط بنٛن۔ اوتار جی تہٕ چھُ
کوٗشش کران امہِ شرطہ کیٛو حدٕ و نبر نبر تخلیق کرُن۔ تسندۍ موضوٗ چھِ بذأتی تسند
مُشاہدٕ کِس اختصارس پیٹھ مُبنی۔ سُہ چھُ تیز نظروٚ ستۍ کُنہِ تہِ سچویشنہٕ ہُند تضاد تُلتھ
نوان تہٕ پتہٕ تتھ اَندۍ پَکھۍ کردار تہٕ ماحولہ کہِ ییٚنہٕ تہٕ وونہٕ ستۍ افسانہٕ پادٕ
کران۔ یمن افسانن اندر اگرے زندگیہ ہنز آیرنی تہٕ پرٛاڈاکس اَخرس تام پوٚرٕ
پأٹھۍ تشکیل لبان چھُ تمیک وجہ چھُ اہنز نظر۔ نہٕ تہٕ چھِ یمَن افسانن اندر ٹلنہٕ آمتۍ
مَسلہٕ تیتیاہ عمومی زِ بعضے چھُ باسان یم چھِ صرف کُنہ کہاوٕژ کُنہِ ڈٕپتس یا کُنہِ عام
کممنٹس اَندۍ اَندۍ نہایت مصنوی اندازس منٛز گرنہٕ آمتۍ۔

افسانہٕ آسہِ تن یا غزل یا نظم، یہ چھےٚ تخلیق کارسٕندِس انفرآدی
تجربس، تسنٛن تقریبِن پرٛایویٹ زبأنۍ اندر ظأہر کرانۍ۔ زبأنۍ تہٕ محاورُک انفرآدی
یا پرٛایویٹ آسُن چھُہ تیٛو تاہ سہل یِٕت ٹ ونہٕ یوان چھُ۔ مگر معتبر لِکھأرۍ سنٛز کوٗشش
چھےٚ تسند گوڈنکہِ تخلیقہ پیٹھٕ اَخرس تام تسندِس تمام تخلیقی سفرس دوران یِی آسان زِ
سُہ ٹہٕ ژِ پننٛز کتھ پننہِ زبأنۍ اندر۔ سُہ کرٕ دارٕ دارٕ عمومی زبأنۍ تہٕ لہجہٕ نِشہ

انحراف تہٕ واتہِ تتھ مُقامس ییتہِ تس پننہِ زبان پنہٕ نِس محاورس منز قوبو سپد۔ اوتار ہو گاٚمس چھُ کاشرِ زباٚنۍ پیٹھ پوٚز دسرس۔ تس چھُ عام کاشرین محاورن ہُند استعمال سبٹھاہ ٹوٹھ تہٕ پٔنن پرن وول مُتاثر کرنہٕ خاطرٕ چھُ سہٕ یمن محاورن ہُند یسلہٕ استعمال کران۔ بعضے چھُ یہِ غاٚر ضروری آسان تہٕ بعضے چھِ امہِ ستی موضوٗع یا کردار سنز سنجیدگی مُتاثر گژھان۔ یتھےٕ نے افسانن منز چھُ باسان زِ افسانہٕ چھ صرف محاورُک استعمال یا کہاوتس ستی مُنسلِک واقع بیان کرنہٕ خاطرٕ لیکھنہٕ آمت۔ مثلن ''تھٔنز''، ''دوٚ ربر''، ''پیاول زیو'' ہوبن افسانن ہُند ارتقا چھُ خاص قولن یا ئہِ تمن ہنز واقاٚتی حقیقتھ ہاونہٕ خاطرٕ ووتلان تہٕ آخرس تام سوالس تشفی کران۔

عام محاورٕ چھُ لیکھن وألس واریاہ مدد کران تہٕ کیازِ امہِ ستی چھُ سہٕ تہِ موخصر پاٹھی ونتھ ہیکان یہ وننہٕ خاطرٕ تس تفصیل دِنی پیمن۔ مگر اتھ چھُ اکھ نفی پہلوٗ تہِ۔ محاورٕ استعمال کُرتھ چھُ افسانہٕ نِگار پننہِ بیچھ وتھ تہٕ لبان۔ ننہٕ اٚسی تمس پننہِ نِرل تجربہ خاطرٕ بدل زبان موزوٗن لفظ تہٕ جُملہٕ گرٕنی۔ بدل زبان گرنچ صلاحیتھ چھے اوتار ہو گاٚمس۔ تسندی قدرے سیدِ سیو دافسانہٕ چھِ سیٚز حقیقتھ سیٚزِ غاٚر مصنوعی زباٚنۍ اندر نہایت پُر اثر بنے متی۔ یمن افسانن اندر چھِ ''پڑ لے''، ''سائنکراتھ''، ''منگلی''۔ یم انسانہٕ سنز حقیقتھ نہایت ہمدردانہٕ لہجس منز پیش

کران چھِ۔

اوتار ہوگامی لیس چھُ افسانہٕ وننہٕ کِس فنس پیٹھ قوبوٗ۔ أمِس چھُ پوٗرِ پے زِ تکمیلی نوقطس واتناونہٕ بٕڑ ونٛٹھ کمہٕ دِلہٕ گرٛٲٹھہٕ واقعہٕ تہٕ کردار ژُلن تہٕ کمہٕ دِلہٕ گرٛٲٹھہٕ ژراوُن۔ تِمس چھُ کردار کشمکشس اندر ترٲوِتھ سہٕ پتہٕ تمہِ اندرٕ ووتلاوُن تگان۔ یتھہٕ کٔنہِ ہیرِ کنہِ وننہٕ آوتس چھےٚ زندگی ہندین لوکٹین لوکٹین تضادن تہٕ کردارن ہنزن مصلحتن سنہٕ ٹنگ رو۔حجان۔ تسندی تقریبن سأری افسانہٕ چھِ گرٕ پرِوارٕ کین حدودن اندر اندر تھنہٕ پیوان۔ یمن مسلن ستی چھُ تس بلاواسطہٕ تولُق اوے چھُنہٕ سہٕ یمن غأر ضروری اِشارن تہٕ علامتن ہُند جامہ وٕلنچ کوشش کران۔ ''لاوأرث''، ''وأنجہ دأدِس روہنہٕ ژیوٚٹ''، ''بتھس پیٹھ بتھ'' ہوی افسانہٕ چھِ سانین عام مسلن زیو دِوان۔ یم افسانہٕ چھِ افسانہٕ نِگارسُند سروکارتہٕ ژُک ہاوان تہٕ یہٕ نقش کرنس کُن چھُ تس خاص رو۔حجان۔ یتھ رو۔حجان ہیکہِ کأنسہِ تہٕ لِکھأرِس سوٗدمند ثابت سپدِتھ تہٕ کیازِ مُشاہدُک گوڈنیک علاقہٕ چھُ سون گرٕ آسان۔ مگر یتہِ چھُ ضروری زِ نبر تہِ چھُ نیرُن تہٕ گرِ نبر یم مُشاہدٕ چھُنہٕ ضروری علاقائی پیرالیس طابع آسان۔

یہِ چھُ پزرزِ اوتار ہوگامی یمہِ انمانہٕ پتہٕ مین کینژن ؤرین اندر بحثیت افسانہٕ نِگار ووتلوو تمہِ کنہٕ تہٕ یتھہٕ کٔنہٕ أمی لیکھُن لگاتار جأری تھوو تمہِ کنہٕ

چھےٚ أمِس نِش وار یاہ وومید۔ بیٚن زبانن ہندیٚ خاصکر ہندی اردو ہکی و وستاد زیرِ مُطالہٕ انٲنۍ چھُ پرٛتھ کانٛشرِس افسانہٕ نِگار سنٛدِ خاطرٕ ضروری تہٕ اوتار ہوگامی صابُن وُژھ تہٕ شوق وُچھتھ چھُ أمِس نِش یہٕ توقع تھوٗن بجا۔ زبانٛۍ ہنٛز یوسہٕ وراثتھ أمۍ سٕندِس ژٕبتہ وُترِس منٛز چھےٚ سو ہیکہِ حسبِ ضرورتھ تہٕ امتیازی استمالہٕ ستۍ أمۍ سٕندِس افسانس نہایت موثر بناٲوِتھ۔ میانٛۍ نیک خاہش چھےٚ تمۍ سٕندِ خاطرٕ یِی۔

ڈاکٹر رتن لال شانت
۹۰۴۔ سُبھاش نگر۔ جموٚں۔ ۵
۲۱ جُلے ۲۰۰۹

# لۆنٛگ

”نسا زُوس گرِٕھ واتُن۔ دَے گرِٕھ سارنٕی أچھن ہُند گاش تہٕ کۆٹھین ہُند ہوش پۆشہِ ناوُن۔“ ناتھ جین وُون موہن لالنِس بسترس نکھہٕ وٲتِتھ بڈٕ نصیحت آموز ہونچہ مگر ووشا ترأوِتھ۔ موہن لال گو نیندرِ منٛز تتھہٕ پٲٹھی ہوشیار زَن گو کانٛہہ شُر وۄلٹہٕ سوپُن وُچھِتھ۔ أچھن مُرن دِتھ کرُن ناتھ جیس نمسکار تہٕ ناتھ جین وٕنی پلٛنٛز گتھ بیہ اکہِ رٕفرِ ہ۔ موہن لالن تہِ کورُس لۆتہِ لۆتہِ أنٛکار تہٕ ستی پرژھنس وارِ خبر اَتر۔

ناتھ جین دوپ موہن لالس سہٕ کۆٹھ کۆڈُن نمبر یتھ تمِس کیٛنہہ دوہ برۆنہہ أکِس بسہِ ہندِس حادثس منٛز لوگمُت اُوس۔ موہن لالن ہوٚوُس بڈٕ بے فکری سان کۆٹھ تہٕ ووننٕس ”گلچ تہٕ أچھن ہنٛز اُسم سخ فکر کۆٹھ ووک چھُ سہالی“ ناتھ جین دِژ کۆٹھس تتھہ پٲٹھی نظر زنتہٕ اوٚس سُہ کانٛہہ بوٚڈ أڈیچہ

ڈاکٹر۔ تِمَس اُوس دماغَس منٛز گُستام پٔزٕ ون خیال گیر بچہ کران۔ تہٕ پھرٕس کھنڈس پتہٕ عمن حأرثاتن منٛز اُورنہ یٔررُوزِتھ ووٚنہٕ نٔس "بومہٕ سینہٕ زانہٕ سَتتھ سٕنٛز دِگ "موہن لالن تھوو کوٹھ بسترس منٛز تہٕ لُوگ ناتھ جیَس بُتھہِ بُتھہِ بڈٕ عار ہٕرو چشموٗ وُچھنہِ۔ تِمَس اوس باسان زنتہٕ ناتھ جی أندرٕ أندِ رٕ ژٕنٛدِ رگوم ووٚتمُت تہٕ صرف تمُسند موٗرُی یوٗت کوٹھس منٛز۔

"دوافوٗل کھٔبوا" موہن لالنہِ گرٕ واجِنہِ اُوٚشن ووٚن کمرس منٛز اَژوٗنِ۔ ناتھ جی زَن گومُت نیندرِ ہوشیار تہٕ موہن لالس زَن ژھوٗن خیالَن ہنٛدِس سٔترٕ کأنس پَن۔ یتھ تِمہِ اَدِ بچٹھہِ کھرٕ اوس کوٗسمُت۔ موہن لالَن چھیو، دوافوٗل کھبتھ، تریشہِ گوٗل یُس اُوٚشن پلہٕ ناوُس۔ اُوٚشن لُوگ موہن لالنِس کوٹھس پھش پھش دِین۔ تِمس اَس ناتھ جیَس کُن وُچھتھ انٛدری گُمہٕ سٕرٕان گوٚھان۔ تہٕ سہ أس اکہِ بالہٕ وسان تہٕ بیٚیہ بالہٕ کھسان۔ اُوٚشُس أسی تم دوہ یاد پیوان ییٚلہِ موہن لال بانگہِ نیرِتھ ژانگہِ گرٕ اژان اوس۔ لوٗکٹ مُلأ زِم آسنہٕ کِنہِ اوس تَس گرُک بار وبتراونہٕ باپتھ سٹھا زنگہٕ زنگ گرٕنی پیوان۔ تو تہٕ أسی اُوٚشہِ شوٗبہِ دار براندٕ کٕنہِ۔ برتھاسَندِ خستچہِ کمایہٕ أسی نہٕ آنہٕ مانہِ گوھنہٕ دِوان۔ گرُک ژوٗک اوٗسُس سَخ۔ فضوٗل خرچی چھنہ سوالِ ضوروری اخراجاتَن تہِ أسی گاہ بگاہ ژھٹ کیٚٹ

کرٕان ۔ گأمی گامَس اوٚس اُمسٕند پھِرُن ۔ اکثر لوٗکھ اٚسی اوٚشس ہٕش نوش آسہٕ
نٚک تمنا کرٕان ۔ سہٕ اٚسی پزٕ پأٹھی اٚلہِ منٛز روٗزنٕک ۔ اَسان تہٕ ژٕندان اٚسی گرٕک
کأم کار پکناوان ۔ تہٕ وأرِو بأژن اٚسی نہٕ زانٛہہ کونہٕ تہٕ شکایتُک موقہٕ دِوان ۔
کُٹھِس منٛز ترٛشہ ژھوپہ زِئرٕنی ٹھس تہٕ بۆ زہیا نسان ۔ کُٹھس
منٛز ترٕشوٕے نفر اٚسی پنٕہ نے آیہٕ تہٕ انمانہٕ سونچان ۔ ناتھ جیَس اٚسی تم دوہ یاد پٮ۪وان
یێلہِ سُہ زنگہِ ہنٛدِس اپریشنس دوران دوأ فِلس پیٹھ ترٛیشہِ گلہِ خأطرٕ کریشان
اُوس ۔ تہٕ واریاہ فِرِ اٚسی تمِس ہوکھسی ہٹس دوأ فوٗل والنہٕ ستی گنٛڈ گأمتی ۔ نہ اوٚسس
پتھ کانٛہہ نہٕ بڑونٛہہ ۔ اُوشس اوس وہمہٕ زِ تسنٛدِس برتھاہَس تہٕ گرٕھ تہٕ ناتھ جینٛی
پأٹھی نقلی زنگ لأگنی پیٚنی ۔ تِکیازِ دوٗن داٹِن گربن ہنٛد سأری ژھل اٚسی ناکام
گأمتی ۔ تہٕ پلستر کرنس پیٹھ اٚسن وأرہہ ژٕ واتنی ۔
موہن لال اُوس سونچان زِ ناتھ جیَس لیس وٕنن گأمژ ژھہِ شوٗٹھس
تہٕ گرٕژھی نہٕ سوٕے گژھنی ۔ حالانکہِ تَس اَس نہٕ پوٗرٕ پتہ ناتھ جیَس کُس وکانہٕ اُوس
گومُت ییمہِ کِنی تَس نقلی زنگ لأگنی اٚسی پیمژ ۔ حالانکہِ ناتھ جی اُوس رتبس منٛز
اکہِ دوہِ فِرِ اُت یوان تِکیازِ تسنٛز بینہِ اُوسکھ کینٛہہ ؤری برونٛہہ موہن لالنِس پترِس
بأیِس ستی نیتھر کورمُت مگر موہن لالس اوٚس نہٕ زانٛہہ تاڈوٗ تھمُت ییتھ زن سُہ ناتھ
جیَس پرژھِہے زِ تَس کُس وٹہٕ کھوٗرِ چھُ لوگمُت ییمہِ ستی تسُند پانٕے یوٗت نہٕ بلکہ

تُسند طالے تہٕ لوٗنگ اُوس گوٗمُت۔

''ناتھ جیَس کرٕ لاگ چائے'' موہن لالن ووٗن لرِ پھیرُن دِتھ اُوشس کُن۔ یَس زن سونچِ سونچ خبر کوٚت آسی واٗژمرٕ۔ سہٕ ۄژھ تھوٚد تہٕ کمرس منٛز باسیوٚو زِ اتہِ تہِ چھُ کانٛہہ۔ تِکیا زِ موہن لالنِ گتھ کرنہٕ برونٛہہ آسی اتہِ مزارچ ہِش ژھوپہٕ تہٕ دَم۔ کچھَنس منٛز أژتھ آسی اُوشہِ برتھاہس مُتلِق سونچان زِ دَئے گوٚژھ تَس رُت کرُن۔ أمس گرٛہم کوٗٹھس ووٗنی فرِق گژھنٕ۔ نتہٕ کیاہ بنہِ۔ سہٕ آسی سونچان کأنسہِ پیٛرس، فقیٖرس نِش تہِ پزٛیم گژھُن۔ دیوٕہ سوٗرِ فلہِ بلائے ژلہِ۔ ییٚتس کالس آیہٕ چایہِ گرِکھ تہٕ امہِ سیٚتیٚ ڈول تَس خیال۔ سہٕ ترٛ چائے ہیٚتھ اَپوٚر ناتھ جیَس۔ ناتھ جیَن کوٚر ژاسہِ ٹوٗکھا تہٕ فیٚرن ترِس پیٚٹھ چایہٕ کھوٚس رٹتھ لأجن موہن لالس سیٚتیٚ کتھ کرٕنی۔ تَس لوٗگن فِکرِ تارُن زِ ''أرآیہٕ سأری اوٚر گونہٕ کانٛہہ'' تہٕ کوٗٹھس ہوٚش آسُن کیازِ ووٗنمٕ۔ ناتھ جیَن لأج پننی سہٕ دأدی کانٛگرِ وٕنی یمیہٕ سیٚتیٚ تسنٛزِ زندگی ہمیشہٕ خاطرِ اندِ رسوٗسُر تہٕ نبمرٕ ژُررژامُت اوس۔ گتھ آسی ییٚتھہٕ پأٹھی ناتھ جی اوس پوٚلیٖسس منٛز نوکری لگِتھ اکہِ دویہٕ وہرِ ٹریٚنِنگ گوٗمُت۔ توٚرِ ییٚتھ اوس گرِ چھٹی ہنٛد دوہ گزاران۔ تہٕ سیٚتیٚ پننہٕ زندگی ہنٛدِ بن مأر منٛدی خابَن قسمہٕ قسمکی تأپیر وُچھان۔ پننی یار، دوس تہِ أسِس مخولہٕ کرِتھ ونان زِ گأڈی چھیٖۓ نمبرَس۔ مطلب خاندرَس چھےٚ وأری یَس وأری نہٕ تَس زانٛہہ

آیہِ ۔ پانَس زیوٚٹھ اوٗسُس اکھ بوٚئے تَس اَسی زٕ وری گاہٕمت خاندر کٔرمتِس مگر اِنسانَس تھاوٗن نہٕ زانٛہہ پگہچ خبر ۔ اِنسان پانہٕ کُم وٹھر تہٕ ڈٕ دی کرٛان، سٕرٛ تہٕ سنٛز کرٛان ۔ مگر تَس کیاہ پتہٕ چھیٚۓ آسان زِ یہِ چھُ سوری ٹھبابٕۓ ۔ ناتھ جی اوس اکہِ دوہہ پنہٕ نِس گامَس منٛز اکہِ پرانٛہٕ دوسہِ کِنی پکان ہنگہٕ تہٕ منگہٕ ژھنی زن ہتی لوٗگن دوٚس ترٛ اٛوتھ ۔ ناتھ جی آوٕ تھی تل وُرکاونہٕ ۔ سنٛج جستہٕ خاز کرِتھ بچو وزووہٕ مگر زنگہِ ہنٛز رَتہٕ چھِپی پیَس دِنیٚ ۔ واٹن گرٕ بن ہُنٛد کسب سُٔند اُمسنٛدِ خاطرٕ بے سوٗد ۔ ناتھ جیُن زوٗ بچاونہٕ خاطرٕ پییہٕ تَس زنگ ژٹنی ۔ ناتھ جی گوٚ لوٚنٛگ ۔

نوکری نِشہِ سُٔنٛد معطل تلکیا زِتمی اَسی نہٕ ٹریننگ پوٗرٕ ہیچھ کٔرتھ ۔ گرِ کھوٚ باٗ ژوتہٕ ترٛ وو گنتر ہن ستی تہٕ اَسس نہٕ خاص پرٛژھ گاٗرٕ کٔران ۔ یَس ناتھ جیَس بغاٗر گرِ کس شُرِس کیوٗ بٔڈِس میٚونڈ اوس نہٕ وَسان از نہٕ تَس ناتھ جیَس کانٛہہ تھوٗخ تہٕ ژھنان ۔ موٚ خصر دٕمَس ستی نمسکار ۔ ناتھ جی سُٔنٛد زِندگی نِشہِ تیوٗت بیزار زِواریاہ فِرِ سوٗچن خودکُشی کرٕنٛک مگر گُستام بتہٕ کال آس بروٗنٛٹھی تہٕ زندگی ستی لاٗجن ببیہ ڈٕملہٕ ہمل کٔرنٛژ ۔ تَس گو سرکاٗری رقم کشیرِ نبر زنگ لاگنہٕ خاطرٕ منظور ۔ مگر ستی ینچ گس اَسی چیٚٹ ۔ خیر پٔتن پان ببیہٕ اکہِ فِرِ زندگی ہندِ ہن نٔوہن موٚڈن پیٹھ پکناونہٕ خاطرٕ دزاو ڈبکس ژٹہٕ رِکھ کرِتھ گٕنوی زوٗن گرِ کین پرژھنےٚ ۔ فِکرِ تہٕ گس لگہِ ہَس ۔ بوٚئے گوٚ خوش زِلوٗنگ گو دفا ۔ مگر یَس دے شفا کٔرِتَس گس ہکہِ دفا

کٔرِتھ۔ گوٗرو ہوٚہ مأمرِ ہے ووٗژھ۔

ناتھ جی آو کینژِ کأنٛژ نقلی زنگ لأ رِگتھ گُل ٹینچر ہیٚو واپس۔ سہٕ اوس لوٚر ڈکھرِ تھ ٹھیک پأٹھی پکِتھ ہبکان۔ پوٗلیس محکمن کوٗر بحال تہٕ تھاوُن دفترس منٛز کلارک پوٗسٹس۔ تمی کوٚر دفترس نِکھے کرایہ مکانہٕ تہٕ سوٗنچُن گرٕ گژھنہٕ زانٛہہ۔ مگر پنٛنی بچھہ یِیِلہِ مایہ آسہِ مُچھہِ یہن ضوٗروری۔ بوٗے تہٕ بأے کأنٛسہِ پیٚیہ بأکہٕ ژٕٹھ توٗر وأتتھ۔ وأریاہ شأنٛسہِ تار کھأوِتھ کرُکھ لا جواب۔ تَس فوٗرنہٕ چھہ تہٕ۔ تہٕ اونٛکھ گرٕ واپَس۔ صُبہأئے یِیِلہِ زنگ اوس لاگان تہٕ سوٗنچان اوس زِ انسان گر پیٚیہ پأیَس۔ میأنٛس سأرٕسی پأنَس، یَتھ منٛز آتماہش لافأنی زِتنٛی چھِ، اوس نہٕ کھنڈ ہارِ ہُنٛد مول۔ تہٕ اُمہِ زنگہِ ستی، یَس اُکی فنأی اِنسانن بنأو، ہُرٕ راوٕ منٛے مول تہٕ یِزَتھ۔ نتہٕ اوٗسُس بہٕ لوٗنگ۔ اصلی تِلہِ اِنسأنی سوٗنچ لوٗنگ۔

یہٕ سأری وارتابوٗ زِتھ ژأیہ موہن لالس بنٛدس بنٛدسن نٔٹھ تَس باسیٚو پنٛنٕ پان لوٗنگ۔ سہٕ ما سوٗنچھے وأریاہ مگر بِکہٕ نہٕ اُڈٕ کُجھِ زبوٕ یہٕ بوٗ زِتھ پھیٚور تَس سرٕ یہہ ہیٚو، یَس اوٗرٕ رے اوس پکان "پاپاچِھ گرٕ ھکھ نہٕ یوٗنگ۔"



# ہسنکراتھ

''میٚے اوس کأل کیتھ سخی زٕہنہٕ شاہ صأبنس وورٕسس گرٛدھن۔ تہٕ میأنِس فربن جورَس کوٗ تاہ کال لگہِ'' گلشنَن وون ہکہٕ سان خاندارَس کُن۔ یُس ووٗنی ووٗنی ژھنِتھ تھکِتھ دفترٕ پیٹھٕ آمُت اوس۔ باسان اوس ظھرا پچھُس صاحبَن کأم کرٕ کرٕ یٕر وولُمُت۔ خاندارَن دِتُس جواب ''کیٛنہہ فِکرِ چھیٚ نہٕ۔ ہسنکرأژ دوہ وأتی۔ تنخاہ رٕٹو۔ پتہٕ چھُ سہلے'' خاندارٕ سُنٛد جواب بوٗزِتھ آسی نہٕ گلشنہٕ ژھنمتین فوٗتین واتان۔ أمسُنٛد خاندار اوس تنخاہ ٹینکین اندری اندری جوٗڈ جمأیٔ کرِتھ گراہ یمہِ بالہٕ کھسان تہٕ گراہ ہوٗمہِ بالہٕ وَسان۔ گرٕخرچس اوس گراہ ہوٗنٛزٕ زٕچھر لگان تہٕ گراہ رادٕ کنٕی۔ سونچان اوس تنگدستی کیٛاہ کس اِنسانس منٛدٕ چھاوان۔ پرانوٚ چھُ پوٚز

ووٚنمُت ''آسٕن ہچھناوان تہٕ نہ آسٕن منٛدٕ چھاوان۔'' أتھہٕ چھوٚنیر چھُ گرٕن منز ہٹہٕ
مٹکی ووٚنٛدٕ منز رٕتلان تہٕ پونسہٕ ستی چھُ واریاہ ہَن پھاٹوِن وادٕن انٛد بوٚر تکیازٕ ''أے
زریہٕ خوش ییہ تہٕ کر''۔ ''چائے ہہلے چہٕ ڈٕلی ڈٕلی''، گلشنن ووٚن دانٛس پھوکہ دِ دِی۔
تہٕ أچھن موٚرن دتھ خاندارس کُن۔ تمسُنٛد خاندار گوٚ زن مرٕ نینٛدرِ ہوشیار۔ گلشنٕس
کُن نظر دِتھ پیٚس وألنجہٕ شرٛاکھ۔ تَس اوس اُدٕر زبوٚن زألی زألی ڈٕنٛدی وَندٕس
گیوٚر آمُت۔ أمی کوٚر فأصلہٕ سنکرأژ دوہٕ اَنہٕ بہٕ مرٕ تیل ٹین ییتھ زَن گلشنہٕ تہٕ کُنہٕ
دوہَس آرام کرِ۔

گُلشنَس تہٕ أسی کُنہٕ حدٕس تام خاندارٕ سنٛز مجبوٗری مولوٗم۔ مگر
تَس اوس گرٕ کمن دہَن بأژن ہُنٛد چیزٕن افرانہٕ تفرانہٕ کرنہٕ ستی وأنٛج رتھ
چھوان۔ سونچان أسی میےٚ تہٕ میأنٛس خاندارس چھایوٚت قبالہٕ کٕرنی تہٕ باقے چھیے
عیشاژ ٹان۔ تَس اوس جیرٕ یوان۔ سہ أسی تتھ دوہَس تھوکہٕ ژھنان یمہٕ دوہٕ تَس
یَتھ وأرِ وبأژن ستی موٚل اوس گومُت۔ حالانکہِ مالنہِ تہٕ أسُس نہٕ زیادٕ گراڈیل۔
مگر سوٚنٛچ سمجھ آسنہٕ کِنی أسی تم بہلہِ پایہٕ گأمتی۔

سنکرأتھ ینہٕ بڑونہٕ أسی سہٕ گلی نوان موٚلہٕ کڈِتھ زأز کہٕ رٕبتہٕ گرٕ
ضرور بہہ پانٛس، پنہٕ نٔنن شرٕبن تہٕ خاندارس پیٹھ تنخاہ ٹک اکھ حِصہٕ خرچ مگر تنخاہ
رٕٹھ زَن أسی تَس تعویذ کران۔ ییٚلہٕ تَس خاندار اوس قرضدارن ہُنٛد فہرست زبأنی

بۆزناوان۔ خاندار تہٕ کیاہ کرِ ہے۔ اَکھ غریب کلارک آسنہٕ کِنہٕ کۆت پلہٕ ہے۔ توتہٕ اوس بڈٕ کِفایت شأری سان دوہ گزاران۔ مگر دہَن ءتہٕ ووتھُن پہُن آسنہٕ کِنہٕ اوس کانہہ پۆنسہٕ چایہ سِگریٹس پیٹھ تہٕ خرچاوَنس مجبۆر گژھان۔ شُربن ہِندِس مالس منٛز اوس سۆرتھی پۆ کمُت۔ ژٕ شُر آسنہٕ کِنہٕ اَسس فراژ شہج۔ ووژ گو زمانَس کیاہ کرِ ہے۔ یُس زمانہٕ غریبس گۆ سختین ہُنٛد اثبار کران چھُ رۆدمُت۔ گُلشنَس اوس سخ طمع زِسہ تہٕ گژھے پنین ویَسن ءتہٕ تِلہٕ لا۔ گتھ فبرنَس وورسس تہٕ پۆراٹہٕ پأنشہِ تمَن کھیاوِتھ تھاوِ ہے تمَن اَتھ برأنژ زِسہ چھِے اکس امیر مردَس با گنہٕ آمژ۔ مگر تَس اوس یہٕ طمع سینَس زنتہٕ تاوِ ہۆز زمینَس واہرأژ رۆد شُر پیومُت۔ زأم زہٕ آسس مأنِز اَتھو پراران۔ مگر ہشہِ اوس ہمشہِ اَن منا گرفنا ژھِن چھُ بوڈ گوناہ، طریقہ پانہٕ نأومُت۔ یمہٕ ءتہٕ سہ اَسہٕ منٛز منٛزٕ سبٹھا ووداَسہٕ کرتہٕ کم ہمت گژھان۔ سنکرأ ژینہٕ برونہہ اَسہٕ کم کم ژبڈ وگان مگر تنخاہ ژٹتھ اوس تَس پننہٕ سأری اَخراجات مُشان۔ تہٕ زأمن کتہٕ اَسہٕ گراہ اَکھ چیز اَنان تہٕ گُراہ بیاکھ۔ حتا کہِ شُربن ہنٛدِس ضروری خرچس تام اَسہٕ ژھٹ کیٹ کران۔

گُلشنَس اَسہٕ واریاہ فرِستہِ جہ زألی دِوان دِوان ہیٛنٛدٕ وند اَتھہٕ گأمتہٕ۔ تَس اوس باسان خوداصأبَس تہٕ چھُ تسُنٛد نادار تہٕ لاچار آسُن خوش۔ تِکیازِ یمہِ یمہِ سنکرأ ژسہ کانہہ پۆنسہٕ پَس پلہِ گژھنہٕ وومید اَسہٕ تھاوان تمہِ ربتہٕ اوس تَس

کانہہ نُو خرچ گُلہٕ کڈان یمہِ کنِز سہ زانہہ اٗسۍ نہٕ گُنہِ رہتہٕ بچت گوٚھنچ سوٚ دِلہٕ سوٗنچان۔ اٗز کہِ سنکراٗ ژاٗسۍ سہ فرٛن جورَس تیار کرنَس پیٹھ کمبر گٔنڈِتھ۔ مگر تَس کیاہ خبر اٗسۍ زِ اٗزِچ سنکراتھ اَنہِ تَسندِ باپتھ وُچاپہٕ خبر۔ خاندارس گوس تنخاہ بند۔ تِکیازِ تٔسندِس دفترس اوُسکھ چھاپہ ترٛۄومُت۔ اٗکی ژڈٕ سُم تہٕ ساس گوکولہِ۔ گُلشنہٕ نہِ خاٗطرہٕ درایہٕ یہٕ سنکراتھ تہِ پراٗنۍ پاٗٹھۍ ٹھابے



# دۄ ربر

تٔنہٕ اوس مُدٕ تھا گۄمُت یِیٲہِ سُریندرس سۄشمَس سمکھنُک مۄقہٕ آیاو۔ مگر تمہٕ سارِے کتھہٕ آسہٕ سُریندرس تِتھَے پأٹھۍ یادٕ زَن کالُک بتہٕ۔ سۄشمایہٕ ۂنز سہ آخری گتھ یاد پیٚتھ اوس سُریندرس وأنلِنجہٕ نۄن پیوان۔ پأنس اوس تَسلا دِوان زِپٔز مائے گژھِ آسنۍ نزدیکی یا دۄ ربر چھِ نہٕ کانٛہہ گتھ۔ تِکیازِ دۄ ربر چھُ زندگی ہنٛدِ سٔنہِ سدرِچ ووسہ دژوس تہٕ شۄب۔ دۄ ربر یُس روٗدِ قطرَس دُر دانہٕ چھُ بناوان، دۄ ربر یُس عشقچ اَسمأنی کرٛکھ چھُ۔

"کیٛاہ شہ ربتھ اگر زِندگی آسہِ اِدٕ چھُ سمکھُن" سُریندرنہِ خأطرٕ اوس یہٕ تنوٗتھ کرٛ وٗٹھ پڑاو یُمیوٗک خیال یتھ سُہ ہے بُنگہ اوس گژھان۔ یَس نِشہِ نہٕ

أکِس ژہوِس دۄ رروزِ نچ باتھ تَس نِشہٕ دُہِک دۄ ربر۔ پتہٕ رٕیتگ أدِشنین رتَن
ہُنٛد۔ یہِ گو دِلَس مۆنٛدِ شرٛ اپچہٕ ستی خش گرُن۔ روخصت ہیتھ دوپُس سُر یندرن
زیٖوِ اوُسس لۆکھر گومُت زَن شِشَر گاٹھی لجمۆ۔ چیہ۔۔۔۔ چِٹھی گژھِ ہفتہ وار
لیکھنۍ مگر یہِ یاد پیتھ فیرتَس وأنِلج دوبہٕ زِسوشمَس اوس نہٕ لیکھُن تگان۔ تِکیازِ تمِ اوس
نہٕ ژاٹہٕ ہالُک بُتھے وُچھمُت۔ پٹھہٕ مۆل، مأج پرانیو تار روترأن۔ تمِ کتہٕ دِہان تَس
پرٛنَس کُن وَتھ۔ توتہٕ وون تمہِ سُر یندرنہٕ دِلِ تسلا خاطرٕ پروأے گژھنہٕ
برُن۔ اِمتحانَچ گژھِ پۆرٕ تیأری کرٕنی۔ سُوشمن وۄن سُر یندرس بڈٕ نصیحت آموز
ہونچہِ۔ مگرسُو ریندر زَن اوس رُوحو نیومُت۔ أخرکرٕ کُن نظر دِتھ تہٕ تِسنٛزٕ پۆت ژھایہٕ
مایہ برٕژ نظر تژٕ أوِتھ وونُس سُر یندرن منٛزٕ نیچ گژھِ کوشِش کرٕنی۔ یہِ بۄ زِتھ ژۄل
سُوشمس دِدرٕلیہٕ اُوش نیرِتھ۔ سُر یندرس کتہٕ یہٕ تاب سہٕ دیھے تَس سازِ ستی اُوش
وٕتھراونہٕ تمۍ کڈۍ چنٛدِ منٛزٕ رومال تہٕ تِسنٛد بُتھ پنٕنس سیٖنَس ستی تھأوِتھ ہوتنٕس اوُش
وَتھراوُن۔۔ ستی سپُد سہٕ سبٹھا کم ہمت۔ زَن اوس یہِ تِہُنٛد أخری مُلاقات۔ دِلِ
درٕ رأوِتھ وونُس سُر یندرن یۄت گم ہمت کیازِ چھکھ لاگان۔ بلکِس یہِ سۄن
اِمتحان آسہِ۔ پانہٕ اوس اندرۍ اندرۍ ژٕندِ رگوٗم ووتمُت۔ مگر سوشمَس اوس نہٕ باس
دِوان۔ کینٛہہ کالس رۄ زژھوپہ۔ پتہٕ وونُس سُر یندرن أسِن اِجازتھ۔ سہٕ دژ او
مگر دۄ رتام اوس پۆت نظرٕ دِوان تہٕ سُوشمہٕ تہٕ أسُس فیرفیرٕ وُچھان۔

ؤکھ گوٚ گوٚران تہٕ ترٛے ربتھ گُزرییہ زَن ترییٚؤری۔ سُریندر
اوس دوہے صُبحس ؤتھِتھ کلینڈرس گربنٛد کران۔ مگر تتھ ما گژھہے کانٛہہ
جلدی۔ تاریکھ اوسُس تتھے پأٹھی یاد یتھ پأٹھی نوٚس نوکری لگمتس گوڈنٚک تنخواہ
رٹنہٕ موکھہٕ یاد چھُ آسان۔ ووٚنی اوس صِرف اکھ ربتھ تہٕ سُریندرتہٕ اوس ہنا دِلہٕ
دھریومُت۔ مگر تَس کیا پتہٕ اَسِ زِ یہ چھُ سوروٕی ٹھبابٕے۔ تہٕ تسند ہن
خیالَن ہنٛدِس سبزہ زارس اَژ جلد ہرٛد۔ مطلب گوٚ یہ زِ اکہِ دوہہٕ اوس سُریندر،
سُوشمایہ ہنٛدِس اکس ہمسایس سٍتی اکس وانہٕ پینٛجہِ پیٹھ گتھ گتھ کران تہٕ تُمی ووٚن
سُریندرس زِ سُوشمایہ گوٚ موٚل مُرتھ۔ تسنٛزِ ماجہِ چھُ تمس تٍتی خاندر کرنُک سنٛز
کوٚرمُت۔ سُریندرس زَن پیہ تاپہ منٛز گگرایہِ ورأے تژھ تہٕ سُہ زَن گوٚ اُتھ ترٛٹہِ
منٛز دَزِتھ۔ کینٛژ کالس پتہٕ ییلہِ تَس ہوٗش آو اکھ نفرن ہنا کتھِ ہُند موضوع بدلاوِتھ
وُنہٕ نَس ژِکیا زِ گوکھ یوٗت پریشان۔ سُریندر اوس گتھ کرنچ کوٗشش کران مگر تَس
زَن اَسی وُٹھن ٹیپ لجمژ تہٕ زِیو لوکھر گومُت۔ پاں رِ گلا ساچیتھ ووٚنس سُریندرن
دِلس چھُنہٕ یوٗت برداشت۔ یہ وِنتھ دراو سہٕ مگر پوٗت نظرٕ اوس دِوان زِ یہ شخص
گوٚژھہ نہٕ پتےٚ آسُن تہٕ بییہٕ کانٛہہ وُلٹہٕ شیچھا گوٚژھہ نہٕ وُنُن۔

گرِ وأتِتھ دِیُت سُریندرن گژھُس منٛز پان دأرِتھ زَن
اوٚسُس اشُد لوگمُت۔ کلینڈرس کُن نظر دِوان تہٕ تمَن ربتَن یمَن تمی گوٗزرٕنس پیٹھ

ٹِک اوس دِیوتمُت زَن اوس تَس جگر ژِھنان ۔ پنٕہٕ نَس دِلَس اوس تمہِ شارٕ ستی تسلا دِوان یُس سُوشمَن اکہِ دوہہٕ دۄ ربرس پپٹھ وُونمُت اوس

دَپیامَس دۄ ربر چون چھَس نہٕ ژالان ـ

دوپنَم ءُ ر ژھچھُ دۄ رِ دۄ رے میٹھان

اَمہِ شارچہِ گگرایہٕ ستی چھُ سُر یندرۄ شہِ دوہ دوہ کڈان۔



# پرلے

”آووتھ کاس یتہِ پِش ۔بہٕ چھس پانہٕ دَکہٕ بَل وٲ ژمُژ تہٕ ژیٖے گرٛھی نہٕ بمہٕ رِتہِ گرٛھُن ۔تِم گوٚرِ گیہٕ دوٚد کٔنِتھ ۔میٛے چھُنہ چوٚن زیادٕ پہن کینٛہ لوکری رٔٹمژٕ“ زٕچھِ نوشہِ بھابی وون کھوٚرزہٕ ٹھیکراۍ وِتھ ہَشہِ ۔اَمسٕز ہَش سوٚنپہ کُنٛج اَسی پانٛژھ پوتھر، پانٛژھ پانڈو ۔مگر یہِ ہالہِ حیران تہٕ پریشان ۔گُس نٔشہِ بہمہٕ تہٕ کُس دِیَم بہنہٕ ۔وٕرِیَس کھنڈَس روٗز وٲری یلہِ روگہٕ جوٗ، سوٚنپہٕ کُجہِ ہُند برتھا، زِندٕ اوس ۔مگر سُہ گُزرِتھ آو سوٚنپہٕ کُجہِ بٔنِتھ تہٕ گُڈ رِتھ ۔گٔنٛشہِ کٔڈ کھ ۔سارنٕی نیچوٚہن تہٕ کوٚربن اوسُن نیتھر کوٚرمُت ۔مگر اَخرس گیہٕ کوکرِ ہنٛد بٔطخ پوٚتی ۔

کاٗنٛسہٕ کُٹہٕ سِنز گرٕ واجنٛی اُوشہٕ اَسی اَدٕری دَزان ۔تَس اَسی نہٕ ہَشہِ ہنٛز اکھ کَتھ تہِ شرٛ پان ۔دَپان اَسی تنہٕ اَسس منٛزِم سنٛز دَگ ۔یٔتِس کالَس

تٔمۍ وَس کھبے نَئ۔ ووِنۍ آیکھ چھنٛڑ تہٕ نٔرمے گَلس کھَسنہٕ۔ تمہٕ اوس پننہٕ نِس برتھا بھوٗشنَس خاندرٕ برٛونٹھے سمکھنہٕ وِزِ امہِ کتھہِ ہُنٛد وعدہٕ ہوتمُت زِ ہَش یاہہرٕ بابہٕ یُتھنہٕ تَس پیترا ووِنۍ پیٚمِن۔ سہَ آسی تتھ واعدَس پیٹھ عہد نامۍ امرتسر زآنِتھ ڈٕنِتھ۔ بھوٗشنَس تہِ آسی کوٚرِس لتھ دوا آہمٔژ۔ سُہ اوس دَپان ماجہِ ئہ کرہائے گژھِ گاہ مگر اوٗشس کیاہ کرٕ۔ ژٕ کہِ اوٗس سُہ تہِ کٔنِس گشان۔

باقئ شُری آسی جُمہِ نبَر نوکری کران تہٕ پنٛن پنُٛن عیال اوسُکھ ءستی۔ مگر سوٗنٛپہ کُجہِ کبوٗت نہٕ کأنٛسہِ کمبرٕ۔ وائے کھوٗر وہرِ تھ کرِ ہے نیندر مگر کہندِ مالہٕ پیٹھہٕ۔ طمع اوٗسُس دویمس نیچوِس ءستی گژھِہا بمبیہٕ، سأ لا کرٕ ہا دوہٕ شٕہج مرٕ ہا۔ مگر دویمہِ نوشہِ رآنٛی اوس تَس اکہِ دوہہَ ءستۍ گزاَسمان کوٚر مُت۔ یِلہِ سوٗنٛپہ کُجہِ پننہِ دوتہِ پَسہِ ءستی تمسِندِس نِکس بُتھ وٕتھرایاو۔ نِکس گُو دوٗن دوہَن زُکام تہٕ سوٗنٛپہ کُج موٗژرأوِکھ کوکر پوٗت ہِش۔ رآنٛی دوپُس نِکَس لاریوم چوٗن اِنفکشَن (Infection) تہٕ تَمۍ گٔیس تتہِ چھُٹی۔ سہُ دوہ تہٕ یہٕ دوہ۔ سوٗنٛپہ کُجہِ کوٚرنہٕ دویم نیچوِ دٔرہٕ زانٛہہ۔ منٛزی منٛزی اوٗسُس فوٗنَس پیٹھ وَنان ''نِکہٕ گژھن یوٚڈ پھٔہن اڈٕ أنہوتھ بمبیہٕ۔ پروائے چھُنہٕ کانٛہہ'' سوٗنٛپہ کُجہِ آسی یہٕ بوٗزِتھ نٹھہٕ پیٹھہٕ تالہِ تام ریہہ گنڈان۔

سوٗنٛپہ کُج آسی بظأہر جان۔ تٔمۍ اوس پننہٕ نہِ وقتہٕ گرٕ بارشوٗبہِ دار

پأژھی پکہٕ نأ وُمت ۔ نیچو پانژٕ ہتہٕ کوٗ رِتر ے آسَن پرنأوِتھ کٔرِتھ نکھہٕ وأجھٕڑ ۔ سأری شُر أسی نوکری کران ۔ حالانکہِ برتھا روگہٕ جو اوس نہٕ کانٛہہ افسر، معمولی کلارک اوس ۔ دٔپھ سوٗنپہ ژُج أسی شوبھہِ دار براندٕ کٔنٛژ ہتہٕ گرٕ اوسُن اُتھس منز رٹتھ شوٗبہٕ رأ وُمت ۔ مگر بلائے آیہٕ مَرگس تپلہٕ وأ رژٕ ایہٕ ورگس ۔ روگہ جُوگو پنشنَس گرٕ ہِت کیہٕنہٕ کاٗلی سور گہٕ واس ۔ یُس پوٗنسہٕ اوُسس سہٕ کرُن سارنی شُر بن منز تقسیم ۔ ہائے سوٗنپہ کُجہِ ژٕ یچا ووَچھ یہ متہٕ کرتہٕ ۔ مگر أ خرس پیٹھ گوس روگہٕ جُو توٗتھ بُتھ پھشِو ر ییٖتھ نہٕ سہٕ زانٛہہ گوٗمت اوس ۔

سوٗنپہ کُجہِ ہند زِٹھ نیچو بنسی لالَن اوس پیرِ یس مکانہٕ بنأ وُمت تہٕ یوہُس گوس کوٗ رِ خاندر صحیح ۔ امہِ کِنہٕ منٛگِن مأ لِس کینہہ پوٗنسہٕ ووزُم ۔ مگر روگہٕ جُو اوس پتمہِ اتھوارِ ہُنٛد ۔ تَس باسیوو بنسی ما تارِازہٕ تہٕ پیس تُمی کوٗر رسأرسی رقمس حِصہٕ تہٕ دِتُن پأنژَن بارنَن بأ گرِتھ ۔ سوٗنپہ کُجہ کوٗر چھوٚ چھُر زِ پانس کنٛوٗت تھاو کینٛژا ۔ مگر روگہ جُوٗن وونُس ژٕ ئے چھکھ پأنژَن نیچوٚ بن ہنٛز مأج ژٕ ئے کُس پروائے چھوی ۔ پُشرا ودِیس ۔ یمَن چھُ وُنکین پوٗنسُک حاجتھ ۔ اکس چھُ کوٗر رِ خاندر ۔ ئیس چھُ نیچُو سوزُن ٹریٖنگ کرنہِ تہٕ باقیَن تہٕ چھِ خرچہ خرچ ۔ گرٕ ے آسہٕ ہَن بدل گتھ أسی ۔ مگر گرِ ژٕ لِمتِنن کیا گوٗ درِ پوٗنسہٕ ورأ ے ۔ یہٕ بوٗ زِتھ گوٗ سوٗنپہ کُجہِ ہٹٕ گِڈ دَم ۔ تَس پھوٗرنہٕ چہ ژہٕ تہٕ ۔

روگہ جُو وَن اوس پوٗنسہٕ بأگرأوِتھ فرکھ ہیوترٛ اُومُت تہٕ سأرٕے نیچوِ اُسکھ ژھایَن تہٕ گرایِن وُچھان۔ یِم نیچوِ جومہِ نبر اُسی تِم تہٕ اُسی کالہٕ پگاہ فونَن پیٹھ فون کُرِتھ مألِس ماجہِ بلاوان۔ روگہ جُو اوس سونپہ کُجہ دَپان وُچھسہ پوٗتھر آسنی کیاہ گو۔ مگر سہ اُسس دَپان یہٕ گوٗتوٗتَن کو۔

روگہ جُو وَس اوس نہٕ نوِ وقتُک نبض اُتھی آمُت۔ وقتَن بدلأوی سأرِی رِشتہ۔ اُتھن بدلیو مانہِ۔ منٛز گو کینٛہہ کال بنسی یَن ووٕن مألِس ماجہِ اکہِ دوہہٕ شامَن۔ ''توٗہی گرٛ ٹھو نا بھوشنَس نِش تِکیازِ اُسی تھاو ہَو اَتھ کمبرس منٛز کھاندرُک سامانہٕ تامتھ۔'' یہٕ اُتھ اُسی روگہ جُونہِ باپتھ گگرایہٕ ورأے تاپہٕ منٛزٕ ترٛٹھ۔ شامَن شوٚنگ راتھ کیوٚت گوٚس ہارٹ فیل تہٕ گو سورگہٕ واس۔ کورِ خاندر سُپُد مقررہٕ لگنَس پیٹھے۔ مگر سونپہ کُجہِ رأوٕاوٕل تہٕ سہَ لُجی دَگن تہٕ دوٚلَن۔ پنشن کیسس اُسی نہٕ کانٛسہِ پیروی کرنچ چیٛڑ تہٕ نہٕ فرصت۔ شیہٕ رٕتی سپدُس زامترسنٛدِ دِٕسی پینشن واگنٛذ ارمگر زِچھہِ نوشہِ بھابی ہنٛز گتھ اُسس کالُک بتہٕ یاد۔ تَس اوس دِٕ دوٗنے دِٕ دوٗن باسان۔ شمن رتَن ہنٛد پنشن رٕٹتھ کوٚرُن کانٛسہِ پرٛژھنے گنگایہٕ ہُنٛد روٗخ۔ تہٕ پتِم ربتھ گُزأرِن تِتٕی۔ مرنہٕ پتہٕ گُرتمسند یو نیچو بو تُسنٛزِ آورنہِ پیٹھ اکھ جان سمادتأمیر۔ زِندہٕ زُوس نہٕ سوٗرساس مُرِتھ دُلس اُطلاس۔

☆☆☆☆☆

## لاوارِث

صُبح پانٛژھ بجے آسہٕ ہَن۔میانہِ کمرٕ کِس دیوارَس گوو ٹھُک ٹھُک ڈوکرتہٕ ژِھنہِ ستی اوس زَنتہٕ کُس تام سیرِ نمبر کڈٕنٛچ کوٚشِش کران۔دِلچ دُبرائے تیزے یَم۔دَپان چھُس گاش تہٕ فوٚل۔یہٕ کُس ژوٚر چھُ یوٚت بے عقل یُس اَسہِ کوٚنبہٕ کرُن زانٛہرٕ لَب پرانٛٹنچ کوٚشِش چھُ کران۔

دِلَس منٛز چھُس سوٚنچان اَما سنا مسترٕی آوا یوٚت سُلہِ پلَستر کرنہِ۔تِکیازِ نَم ژَم گالتھ تہٕ ببیہٕ ہر کانٛہہ ایڈوانس کڈِتھ اوس مےٚ مکانہٕ پورا بنوومُت مگر پلستر اوس نُس کرنے۔کُن دِنہٕ وِزِ سوٚ زُس بہٕ مستری کینہہ تام چیز انہٕ نہِ اِدِ سارٕوٕے انگوٗ آشناو وکوٚر رہرکُنہِ کمرَس زِزٕ ژور ژور فُٹہٕ ہوٚر بر۔ہیٚر نٕے پلےٕ توتہِ زنگٕے زٕلے۔اُدِ سہٕ ہوٚر بر روٚد میانہِ خاطرٕ اَز تام بقایا۔زانہِ دَے زانٛہہ سپد یا پوٚرٕ مےٚ اوس تَس مسترٕس سوروی سامانہٕ فیتہٕ،گرٕنی توٚر،شوٗلہٕ بیترٕ ستی

رۆ ٹمُت ـــمےٚ دۄپ موٗغل بادشاہ شاہِ جہانَس گۄ ڈ روٗٹ جاۓ گیر ییلہِ تمۍ تاج محل بناوَن والین کأرۍ گرَن نٹھ ژٲڈ ووٗنۍ کیاہ گوٗ اگر بہٕ مِسترِس سامانہٕ رَٹِہٕ یتھ نہٕ سُہ بیہٕ کانٛسہِ مئِوٗن ہیوٗ مکانہٕ بناوِ۔ لہازا دۄپ میٚے چاہے ہٕ مِستری اَستَن یا ژۄ ر غرض چھُ پلستر۔ اگر مِستری آسہِ ہےٚ توتہِ گرِ خوازٕ باپتھ زود۔ ٹھُک ٹھک رۆ دجأرۍ۔ مٔژ سۄنچُم اگر ژۄ ر آسہِ تبلہِ چھُ پۄ رِڈۄ لمُت۔ ہتا جمعہ جُمعہ گیہٕ أٹھے دوہ مکانہٕ بناوٕ متس تہٕ میٚے نِش کوسہٕ لۄ کری نیرِ۔ ئلی چھُ وَ کھرا وراوان۔

ظأہراہ کھۄژ، بُڈٕ آسنہٕ کِنۍ بہَ نہٕ بیڈ پٹھہٕ سُہل سُہل وٕتھ ہبکان۔ پئِن پان یکہٕ وَٹِہٕ کرِتھ دَیہٕ سُند ناو ہیتھ وو تھُس تھۄ ددارِ کنۍ گرم نظر دِیُچ کوٗشِش مگر کمہِ دارِ، أندری جالی پتہٕ گرٛل نمبر کنۍ شیشہٕ۔ توتہِ آسہٕ تمہٕ یلۓ۔ مگر یۄ زنہٕ آم نہٕ کینٛہہ۔ سۄنچان چھُس بہٕ کتِس کالَس پرارٕ۔ یۄت تاما ژۄ راند رودھ تراوِ۔

أزِر سہہٕ جگر گرِتھ کھۄلُم بَر، اَتہِ وُچھُم پئِن نِکہٕ لَبن مٔتیو مُت، أمِسندین دُشمنَن قہر گوٗمُت۔ سَۍ شرارتھ کھۄتُم تِکیازِ فرٛٹھ گیام۔ نِکہٕ ٹھہریو دوپنَم "یہٕ فوٹۄ مَہرااوسُم لَبہِ پٹھ تھاوُن لأ گتھ۔ اَدٕ سأیم کنکریٹ لَبہٕ، یمَن چھا کیٖوٗل وَسان۔ یم گتہِ تمہٕ میڈِ لَبہٕ پِتھ خوش گژھِ ہے تِتھ کرہۄش شیرِ پارِ ـــیئۍ زَن ژپِن لاران"، نِگن اوس دیوارَس گم زیادٕ کیٖوٗل ٹھۄ سمُت ـــمیٚے کۄ رمَس

مدد ـ میے چھِ خبر یہ چھُ سرسوتی یا مہالکھمی ہُند فوٹو تہٕ یُہوئے چھُس لبہٕ تھاوُن ـ أسی گیہٕ تتھ تتھِ کیول ٹھاسنس منز کامیاب، تہٕ میٔ دوپُس دِسہٕ فوٹو ـ نِکن پلہٕ نووفوٹو میے پیہٕ اُتھ کُن نظر یہٕ ژوٹھی باغچ سبزی ـ منزِس اَکھ ہیرو تہٕ ہیروئن کُمہِ تام فلمی بأتچ شوٹنگ کران ـ شرارتھ کھوٗتم سخ ـ دوپم دارِ کنی کڈس گش ـ مگر دارِ أسی جالی ـ نِکن وُچھ میوٗن شرارتھ تہٕ جَل جَل ووٗنُن "یہ مَہر اچھِ سانہِ ژوٹھی باغچ سبزی ـ توہہِ چھنا یادیلہِ کشیرِ منز اکہِ دوہہٕ سأنس گامس منز فلم لاوأرثکی کینہہ شاٹ شوٹ کرِکھ أتھ ژوٹھی باغس منز" میے پیوٚ یکدم یاد ـ نِکس پلہٕ ناوُم فوٹو پانہٕ بیوٗٹھس بیڈس پیٹھ ـ میے پیوٚ سُہ دوہہ یادیلہِ سأنس باغس منز برتھہِ پیٹھ لاوارسک بوٚڈ الوٗنڈ اوس ـ میے گیہٕ تمہِ دوہہٕ شِنگ ہش ـ میے کتہِ اوس مولوم یہ باغ سِپدِ پزی پأٹھی لاوأرِث

میانِس أچھن بروٗنہہ آو کشیرِ ہُند سورُے نظارٕ تہٕ میے باسیوٚ سأری کشیر لاوأرِث سانہٕ باغکی پأٹھی ـ نِکن أسی سبزی اَویزان ترأوِمژ تہٕ ماجہِ اوس اُونگجہِ ستی ہاوان زِ سُو لوکٹ ٹنگہِ کُج کیٚو ابڈی آسہِ از ـ مگر بہٕ زان روحو نوٚمت ـ میے لوٗگ سأری سی پیٚتمس فوٚر ـ سأرے پکچر آیہٕ بروٗنہہ کُن ـ کتہِ أسی کأشری تہٕ کتہِ سأنی باغ تہٕ بگیچہٕ ـ دراصل چھُ انسأنی سوٗنچ لاوأرِث سِپدُ مُت ـ

☆☆☆☆☆

# منگلی

''وَنہٕ کیاہ بہٕ یُمس۔ تَتھ دوٕہس پییہٕ ترٛٹھ بمہٕ دوہہٕ یہٕ میانہٕ گیجہٕ گنجے یگھ۔ أہَن سہٕ گوبرٕ مول چھُس تہٕ خبرٕ چھُم۔ مگر تُمیوک مانے ماگوزِ بہٕ روزہٕ چاٮ۪نس بکواسس آنٛکار آنٛکا کران۔ محلہٕ وُچھناوَن تماشہِ ۔ٕ میفے گُرکھ چاٮ۪نٛڈ گنڈ۔'' سوہَن لال اوس بڑٕ ہٮ۪ٹہِ بارو دِوان۔ وُچھوٕٮ۪ سوہَن لال اَکھ جان اِنسان۔ وُنی گوُ بتتَین منز چھِ بسر۔ دَے زانہِ أمسنزِ گرٕواجنہٕ گُس شکہٕ پراہ اوس۔ دَپان أٮ۪سس پرمَس چھُی لٕہ گمُت۔ أدِ سہٕ شُکہٕ بیمأری چھِ لاعلاج۔ امٕہِ کِنی اوس یٮ۪ہنٛدِس گرَس منز پھاٹونی واد کالہٕ پگاہ آسان۔ خاصکر اَنٛگس أشناوَس تِھی۔ میٮ۪نز کِنی أسی یِم چشمِ بدٕ ڈوٗر گژھنگ اَکھ جان تہٕ زَبَر طریقہٕ پانہٕ ناوان۔ مگر عام زَنانَن چھِبے ہمیشہٕ کأنٛسہِ زَنٛہٕ موہنِوسٕنز پٮ۪ٹھ کانٛہہ شِکا۔ تتھ بوٗزِتھ ہمدردی ہُنٛد

جذبہٕ یکدم ووٗتلان تہٕ اَکثر گنہٕ ہچِن رَتھ کھسان۔

محلس منزٕ اٲسی یِم جان آسَن واٲلی۔ پتھٕ بَدلیہٕ مایگریشنہٕ سِتی واریاہ چیز۔ اکہٕ جایہٕ ہُند بیہٕ جایہٕ ہِنٛدِس "اٲسی ھٕض گیہٕ لٲسی ڈار"۔ گٔتھن بدلیوٕ مانہٕ۔ کہہٕ وَچھن بدلیوٕ میزان۔ یِم لوٗکھ کٲشیرِ ہوٚنبن سِتی تُل اٲسی کھوٚوان تم بنٲیہٕ یتہٕ لاٹھ صاب۔ کھاندرَن بدلیوٕ انہار تہٕ تہٕ اندازتہٕ۔ واریاہَن لوٗکَن توٗرُکھ لوٗ رِ پتھ سرُف۔ ژَرَن خرتہٕ خَرَن ژَرآیہٕ باگیہٕ۔ گَرَن منزٕ گُنجٲیش اَستھ جَنٛج گرٕ بُک کران۔ کینژھا پٔنن گرٕ صاف تھوٚنہٕ باپتھ تہٕ کینژھا سوٗنبن اہرِ بہناونہٕ خاطرِ۔ کینژھا بٲروالین سِتی تھکھ دِنہٕ باپتھ۔ ہوفربنیہٕ ہمسایہٕ۔ گرِ واجنہٕ نہٕ ازبنان بُمہٕ رٔیہٕ تہٕ گرُن۔ یکدم چھِ ہوفرکرٕ یک ڈاون کران۔ موٗخصر آیہٕ سٲرسی بڑ ئے۔

سوہن لالُن گوبرٕ موٗل اَستھ پادفوٗلنی تہٕ گرِ واجنہٕ ہُند نِیتِس ژوٗر آسُن وٲنتھ اوس تَس زَخمن زنتہٕ نوٗن پوان۔ اکثر اوس شکایتھ کران یمہٕ منگلی گٔتہٕ آسہٕ کشیرِ ژھچھ دِتھ۔ یاتہٕ آسہٕ چلے کلانہٕ سِتی شُٹھیمژ نتہٕ ژآکھ جومہٕ گریشمہٕ کرایہٕ سِتی زوٗ۔ ہرجایہٕ نکہٕ لانٛژ ٹیکٕنی سوٗزِتھ اوس منگلی ہُند ورکون یٔوان۔ میرتج بیورٕو، منزِم یٲرِ، گوروجی، یاردوٗس، سٲری اٲسی زنتہٕ ہٲرِتھ بیٹھٕمتی۔ باگہٕ نیرُن تہٕ ژانگہٕ اَژُن اوس بنیوٗمُت سوہن لالُن دوہِدشُکھ پروگرام۔ پتھٕ گرِ واجنہٕ ہنٛزٕ اَڈی زٲڈی۔ اَکھ دِیہٕ ہنٛزٕ کھرٕ بیہٕ نٲید سنٛزٕ ژپھ۔ زہر کھینٛس اوس ووٗتمت۔ ہر

وِزِ اوس پیٚھنٛدِس گٔرِس منٛز دنتہٕ وُژُن آسان۔ وۄپرِس ژوپرِس تھی زیادٕے پیٚھن۔ اَمہٕ سٟتؠ اوس یِمَن بیاکھ فائدٕہ تہِ۔ پۄژھ چاہے مالِنٛگ چاہے وارویٚگ اوس چایہِ ہنٛز چھبنہٕ گژھان، تریشہِ ورأۓ دٕہیہ لد گگر ہوٚلتاوان۔ سہٕ نیٚرن ہوٚرکُن سوہن لالنٛز بأژ زہ لاگان کھوٚن تہٕ چیوٚن۔ اٚشناو روشناوٕ سارٕی یِہنٛدِ خاطرٕ پشان۔ اٚڈٕی دٕپان سوہن لال کرِ ہے اَسمانس ریزٕہ فان مگر بأریایہٕ کیاہ کرِ۔ اٚڈٕی دٕپان سوہنٛنٛ گرٕ واجنٛی وَتھراوِ ہے پان مگر سوہنٛس کیاہ کرِ۔ مگر بأژ زٕہ اکس بیٚیس تھی دزالہ ہر کرِتھ سارٕنی اٚچھن گژھ ژھنان۔ یہٕ ڈراماتھاوٕکھ واریاہن وٕرِیَن جأری۔ نتیجہٕ دراو یِمَن سٕمیہٕ جان ٹھیلی۔ پوٚنسہٕ بنہٕ نہٕ سٟتؠ نہٕ روٗد نِکٕنہٕ منگلی زوٗ رنہٕ نِکٕنہٕ ماجہِ ووٚنہٕ منز ر۔

اٚکی کوٗر، مأٹی گٔرِ ٹیکینٛز رلاوٕنۓ خاندرٕچ پیش گش۔ سوہن لالَس تہِ مویہٕ اٚنٛز۔ منگلی روٗز منگلی ہنٛزی جایہِ۔ اماپوٚز گرٕ واجنٛی کیا کرِ ہےٚ سہٕ اٚسی برہٕ پیٚچھ ہوٚنی۔ سارٕی انگ اٚشناو اٚسی دٕپان کوٚنہِ پأٹھی گوٚژھ اَمہِ گٔرِک پھاٹوٚنی وادہُمن۔ سارٕنی اوس وٕہمہِ سوہن لالنٛن بأژن دوٚن گوژھنہٕ اٚنہٕ وَقس پیٚٹھ ووٚنہٕ نٕژُن یُن۔ خیر خاندر ووت سدِ بُتھہِ اند تہٕ سارٕی اٚشناو درلیہٕ فِرکھ تراٚوِتھ پٔنٛن پٔنٛن گرٕ۔

ووٚنی اوس سوہن لالنٛس گٔرِس منٛز ووپٕرشرٕ ژامت۔ تِمَن بأژن

دوٚن ہٕنٛز درالہٕ ہَر کوٚت پکہِ ہیٚ۔ وٕنۍ گوٚکھ اندرِم شاہہٕ أنٛدرۍ تہٕ نبرِم نبَر۔ دَم پھچپٹۍ گیہٕ تم گیہٕ (Expose) سارٕنۍ توٚر فکرِ زِیم بأژزہٕ آسۍ تنہٕ لوٚکن بأز تاران۔ أخرَس لوگُکھ نوشہِ ستۍ یہٕہوے واد۔ تَمہِ دُن دوٚل تہٕ برتھاہَس ستۍ وأژ کوٚت تام۔ سوہن لأنۍ بأژزہٕ آسۍ کٹہٕ أچھ گُرگُروُ چھان۔ تَمَن أسہٕ پانَس منگٲلۍ



## سپوٗت

"میہ چھُ یمہِ گتھِ ہُنٛد سبٹھا فخر زِ ساشہٕ کمپنی گٲری پٲتمس ورٕیس منٛز پنٕنۍ کام سبٹھا خوش اسلوبی سان ژُ وکہ سان۔ یمہِ کہِ برکتہٕ اَسہِ مُلکہٕ کِمن واریاہن بڈین شہرن منٛز برانچ آفس کھولی۔ میہ چھِ ووٚمید اگر یہ ژٕلہٕ لارتہٕ بامبر جاری روٗز سائٕنۍ کمپنی بنہِ جلدٕی اکھ ملٹی نیشنل کمپنی تہٕ اَمیک دفتر گژھن دُنیا کِمن بڈین بڈین مُلکَن تہِ چالوٗ۔ بہٕ گرٕ ووٚمید زِ توہہ ساری گرِو کمپنی خاطرٕ جان فِشانی سان کام۔"

کمپنی ہِنٛد صدرَن کوٚر پنٕنۍ سالانہٕ رِپورٹ پیش۔ بہٕ بحثیتِ اکھ اخبٲری نُمایندٕ اوٚسُس مطلبچ گتھی یوٗت نوٹ کران نتہٕ ووٗن تٔمۍ برابر گھنٹَس پَنٕنہٕ کمپنی ہنٛز کارکردگیہِ مُطلق۔ گرٕ وٲتتھ لوٚگُس سوٗنچنہِ زِ پزِی چھے کمپنی ترقی ہند منزِل طَے کرٕنَس لٔگمٕژ۔

کمپنی اَسی تِمن لۄکن اَکِس وریِس اندر داہ سنسکار کرنٕچ
ذمہ واری مَتھِ ہیوان یِہِنٛدِ بن لۄتِمن پۄتمِن نِشہِ یِہ اکھ رَقم وصول اَسی کران۔ تہٕ
شُرین اَسی نہٕ مائِلس یا ماجہِ ہنٛدِس سورگواس گژھنس پَتھ کانٛہہ تہٕ پریشانی
ویتراوٕنی پیوان۔ چاہے تِم آسہن مُلکس منٛز یا مُلکہٕ نیبر۔ اکہِ وریِہ پتہٕ اوس نو
رجسٹریشن فیس بَرتھ بیِہ ذمہ واری اَتھ کمپنی روزان۔

کمپنی والیو اَسی داہ سنسکار کرنٕچ گریڈ بندی تہٕ کرٕمٕژ۔ یَمس پٔرٛتھ پۄتھ
اَسی سُہ اوس تَمی حِسابہٕ مائِلس یا ماجہِ داہ سنسکار کرناونٕچ کمپنی نِشہٕ ایڈوانس بُکنگ
کرناوان۔ کمپنی اَسی اخبارَن منٛز OBITUARY چھاپنہٕ، ڈیتھ
سارٹفکیٹ حاصل کرنہِ، اَسرَ کہِ ہردوار سوزنہٕ، دٔہم، کُھہم، تہٕ بُہم دوہہ Death
ہاونہٕ، ماسوار، شڈہٕ موس، تہٕ وہروٲڈی بیترِ کامہِ Clause wise بہم
تھاوِمٕژ۔ اکثر نوجوان یِم زَن مائِلس ماجہِ دۄر اَسی اَمہِ کمپنی ہُند فائیدہٕ تُلان۔ یتھ ژٕلہٕ
لارِہنٛدِس زمانس منٛز کتہٕ اَسکھ مائِلس ماجہِ نِش بہنس فُرسَتھ۔ تِچھ بچھ کرنہٕ خاطرٕ
اَسی ریاست نیبر یا مُلکہٕ نیبر تہٕ گژھن پیوان۔ این۔ آر۔ آئی۔ یَن ہندِ باپتھ
اوس اَمہِ کمپنی خاص رِیایتَن ہنٛز گُنجائیش تھاوٕمٕژ۔

بہہ اوسُس راتھ بیِہ اَمہِ کمپنی ہنٛدِس دفترس پیٹھ پَرنہٕ اخبارٕ
خاطرٕ شیچھ خبرانہٕ نہِ گومُت۔ اَتہٕ اَسی نوجوان چھوٚکو چھوکولاٚنن منٛز تاپہ کرایہٕ منٛز

کھڑ اپنٕہ وارِ پراران۔ اَتہِ اَسی اکھ ویکیہِ وژھمُٔ مہربٔنۍ تہِ نمبرَس پراران۔ زنانن ہنٛز لاَن اَس ہَنا ژھوٗٹ۔ مہربٔنہِ اَس وارۍ یِنٛس تیاَری۔ اَمسندِ برتھاہَن یُس ہَناڈٕلتھ پٕھن ہِتھ اوس اَس سُہ پٔنٛنس ماَلِس ماجہِ ہنٛز رجسٹریشن کرنہٕ باپتھ جل جل وارۍ یِنہٕ موٚکھہٕ لاَنہِ اندرتھاوُمُت۔ ماَلِس ماجہِ اوس سُہ ٹُنوٚی اَچھ گاش مگر نوکری اوس فارنہٕ کران۔ ٹریننگہِ دوران یُسہٕ گرل فرنڈ اَسس سُہ تہِ اَس تتہِ اَتھ کمپنی منٛز کاَم کران۔ وونۍ اَس یوٚت خاندر کرنہٕ موکھہٕ پٔتمہِ ریتہٕ آمتۍ۔ اَمہِ کرمیشن کمپنی ہُند بوٚ زِتھ زوٗنِن موکہِ غنیمت تہٕ گرنوٗون اَتہِ پنٕہ نِس ماَلِس ماجہِ ہُند Biodata رَجسٹر۔ پٔژن پوٚرٕ ایڈرَس، ای میل تہٕ موبائیل نمبر تہِ گرٕناوٗن دَرج۔ جلدی اَسکھ تہِ کیازِ بیہٕ دوہہ اوسکھ ہنی موٗن مناونہِ سِنگاپوٚرا کہِ ربتہٕ خاطرٕ نیرُن۔

بہہ اوسُس یہِ تہِ بوزان یلہِ تموا اَتِکس اِنچارجس ووٗن زِ اگر ماَلِس ماجہِ اَکِس ریتَس تام کینٛہ ہوٚر بوٗن اوس تمَن گوٗھنہٕ اطلاع کرُن۔ گوٚتھرَس مُطلق یلہِ پرژھنہٕ آس تٔمی ووٚنکھ زِ سُہ چھُ نہِ یمن فضوٗل گتھن ہُند قاَیل۔

A-Catagory منٛز پٔنٛنِس ماَلِس ماجہِ ہُند ناو درج کرِتھ دراوسُہ تازٕہ مہربٔن ہِتھ مُطمیعن سپدِتھ گاڈِ منٛز۔ شامَن گوٚس ماَلِس ڈِنر ٹیبلس پٔتھ

بتہٕ کھیوَن کھیوَن گنڈ۔ تَس دراے اَچھ پھٹتھ۔ تڑ لیش ترأوٕ ہَس۔ فیملی ڈاکٹرتہٕ ووت مگر ہٹس ژوٗل نہٕ گنڈ تہٕ سُہ گوا مُتھ تھ۔

نوٗش تہٕ نچوٗ پیہ اَسمانہٕ زَن۔ تِمن گو اندرِم شاہہ اندر۔ نوشہِ اوس نہٕ تیوٗت ہہر ہ بابہ سُندِ مَرُنک غم یوٗت تہنی موٗن پروگرامَس اندر خلل گژھنُک دوکھ اوسُس۔ صُبحس دراے اخبارس Obituary یَتھ ستی نچِو سُند یہ شُکرانہٕ اوس لیکھتھ زِ یہ اوس دَیس رُت کرُن زِتمہِ سُنداتھہ تہِ پلزن مأنس نتہٕ ہکیہے نہٕ سُہ پنہٕ نِس پانَس زانہہ تہٕ معاف کرِتھ۔ میہ سوٗنچ کُجا اکہِ طرفہٕ کرمیشن کمپنی منز رجسٹریشن کرُنٔی تہٕ کُجایہٕ بیان۔ Obituary وول اخبار ہیتھ آو میہ نِش میوٗن ہمسایہ تہٕ یہ بیان بوٗزناوِتھ ژوٗلُس بے والیہ نیرِتھ ''وُچھتہٕ کیاہ گو سپوٗت آسُن۔ کاش میہ تہِ آسہِ ہے یِتھوٕی نیکو کار لڑکاہ۔'' بہہ روٗدُس فقط اَمِس غوٗرٕ سان وُچھان مگر دِلہٕ منزی وونمَس ''یِتھ آسنہٕ نِشہٕ رٔچھنے دَے۔''



## ژُفہٕ یکہٕ

ناتھ جی اوس اَز صُبحاۓ گیٹس پیٹھ گس تام پراران۔ تام آو اَخبار وۄل۔ أمی ئیو گُنٛی تھٲپہٕ اَخبار زَن ئیو گاٗنٹہِ کۄ کرپۄت۔ اخبارَس دِژٕن پیٹھی پیٹھی نظر اہ تہٕ مےٚ گُن کۄرُن آلو۔ یہٕ اووُسس ورنڈٕ ہاس پیٹھی دَندن بُرُش کران۔ سُہ آو سائنس دیوارس نگھہٕ تہٕ چھُم دَپان ''راتھ بۄزو اخبر'' میہ دۄپُس سیوڈُے نہَ۔ دۄپنَم ''اَز بۄز دَین سدِ سبوٗد مےٚ أسی یمس بٹھٕ سَنٛ فِکر۔ یہۄس دِتُن ہیمہِ جمأژ ہُنٛد اِمتحان وون دیوہٕ شَر نیرِ بَم'' یہٕ چھُس صِرف بوزان تہٕ دَندن بُرشہِ سٟتی پھَش پھَش دِوان۔

تام کۄرمےٚ گرَ واجِنٛہِ أندرٕ پیٹھہٕ آلو۔ یہٕ ژاس أندرٕ تہٕ دۄپنَم اگر سۆ ان چھُووہ کرُن پتہٕ گُژھہِ نلکس پۄنٛی مےٚ زَن اوس سران کران کران

دماغس منز یوٗ ہے خیال گیر بچہ کران۔ ناتھس ہے شر نیرِ تہٕ کتھہٕ پاٹھی۔ سران موکلاوُم گرِتھ مگر سوٚنچان چھُس اُتھی مُطلق۔ مےٚ ہتُن امہِ خیالہٕ ستی واریاہَن خیالَن کُن لگُن۔ تامتھ آیہ گرٕ واجنی کچنہٕ منز چایہٕ گپ ہتھ تہٕ ووٚن کمہِ تام ہتہٕ'' توہٕ تہِ زَن اَسوٕ اَتھی علاقس روزان ییٚتہِ ناتھ جی اوس'' مےٚ دوپ دپِس تتھ علاقس درایاہ سونہٕ کان کِنہ ہتِلہٕ کرور۔ مگر تمہِ دِژ ڈبکس ژنڈ تہٕ ووٚن گرمہٕ لیکھایہٕ نمسکار۔ مےٚ اَسی توہہِ ستی اِڈرن نہ کہِ تہندِس علاقس ستی۔ بےٚ چھُس دپان تُہند بن جدن اجدادن چھُنہٕ بسُن تہِ تو گمت۔ اگر پاتھلس منز بسُن اوسُکھ تیلہِ رٹہٕ ہَن شہرس منز جائے۔ اگر صاف تہٕ شوٚد ہوا ژھارُن اوسُکھ تیلہِ پزِ ہسکھ کُنہِ جنگلس نکھہٕ بہُن۔ تم نہ چھِ ہوٚر ٹھہریمتی نہ یوٚر۔ یکبا وُنکبس بھلایہٕ لُجس نِکس، بانگہِ نیرِتھ چھُس ژانگہِ اَژُن پوان ٹوشنہٕ خاطرٕ۔ تمہِ پتہٕ چھا خبر کیاہ آسہِ دِین رُت لیوکھمُت یہٕ گوناتھ جی اُمس درایہٕ ٹکٹ ژٹنے لاٹری۔'' نبرٕ گیہ گیتج بلل گرٕ واجنی تھو بھاشن اڈٕ لیوک۔ مگر میانین خیالن ہندِس اَولس تہٕ زاٚولس پنس لوٚگ نہٕ وُنہِ تہِ اَبسنی ور۔

بےٚ چھُس سوٚنچان میانِس ہمسایسے لاٹری دِژایہٕ تہٕ اَسہِ کونہٕ درایہ۔ گوڈٕ چھِ میانہِ وِزِ پکہٕ وٚنی دریا وتھامہِ گرشھان۔ پنُن پنُن تعالے۔ خاریہٕ ہوٚتنس دفتر نیرُن اَما گرٕ واجنہِ وُچھم بُتھہ الوٚنڈ سارسے دوہس روٚدُس بےٚ کیاہ تام

رٔو ومُت ژھاران مگر لۆبُم نہٕ۔ شامَن وۄتُس گرٕ اَما ناتھ جیٖن اۄن سۄن تشریف۔ بہٕ گوس خوش۔ مےٚ دۄپ وۄنی نیرِ سأرسےٚ گیٖنٛڈ۔ ہوپأر دۄپُم یہ کٔڈِ وۄنی کأڈۍ دُنیہوک دلہٕ واتُل مُنٛزٕ مُنٛزٕ۔ تہٕ کیاہ خبر مےٚ دِیا کتھہٕ کرنی۔ سہٕ اوس دَپان تمۍ سِندۍ جد واوس شہرتٔر اۄتھ گام اَمہٕ دمہٕ ژۄرمُت تہٕ کیازِ تم اَسی شہرچہٕ ژلہٕ لارِ نِشہٕ سبٹھا تنگ آمتۍ۔ مےٚ آووأریا فِرِ جیرہٕ دِپُس تلاتٔر او پرانٮ۪ن ہُند پھِرُن مبتہِ ہاوتہٕ وَتھ یُتھ مبتہِ لاٹری نیرِ ہے۔ مگر سہٕ تھکہٕ ورأے کلام جأری تھونس منٛز طاق۔ میانِہ گرٕ واجنہٕ یلہِ چأے أنِٛس تمہِ ہۄو مےٚ أچھ ستۍ از پرژھزِلیس سوروۍ۔ مگر ناتھن تھوٚس بہٕ برابر أکِس گنٛڈِس گلہٕ دٔگہِ منٛز آوٗر۔ تام آس لۄگٹ نِکہٕ نادِس تہٕ سہٕ دزاوشی کرِتھ سانہٕ گیٹہٕ نبر تہٕ بہٕ رۄدُس ہانگل ہیوٗ ژھان۔

میأنی گرٕ واجی آیہ تہٕ دۄپُن کۆر روانا تھ جییِس نِش مولوم۔ تس پھیورسٕ یلہِ مےٚ وۄنُس تمۍ کتہِ دِیوت تتھ کوچس گوھنہٕ۔ سہٕ متیأیہٕ ژٹ تہٕ کانٛگر ترأوِتھ کوٹھس۔ بہٕ گوس شۆوزد۔ أگر نہٕ تسٕنٛد بوے گیٖس اژھہے سانہٕ لڈایہٕ ہُنٛد گوڈ گیاو شروع۔ مگر أندرِ أندرِ یندر أکھی پاٹھ پرٕتھ تھو بھگوانن یرٕتھ موٗن ہِرٕ لالہٕ پیو أتتھ۔ أسی بأژٕ گیہ یکدم تھوٗد وٕتتھ کرِس نالہٕ متۍ۔ ببنٛہٕ نہٕ تیتۍ ییتۍ میہٕ۔ میہٕ وۄن پأنس ستۍ بھگوانن دۄر اوتار نتہٕ گیایہٕ یہٕ آتھ وار گندی۔ اورچ یورچ کتھ کرِتھ، وائے شامتہٕ بد، تمۍ پرٕ وۄژھ نِکس متلق۔ سہٕ کتھ کلاسس چھُ از

پرٛان۔ میانٛی پارٕ یا کتہٕ پرارِ ہے میانِس جوابس کمہٕ تام ہٹہِ ووٚنہٕ نٔس بہٕ
جمأژ۔ مام گوٚبنتھر سٕنٛد کلاس بوٚزِتھ شاد مگر اَمسٕز ببٔہٕ یانٕے میانٛی گرٕ واجنی آسی
ناشاد تہٕ میہٕ کٔن آسی خشمہٕ سان وٕچھان۔ بہٕ اوٚسس کوٚر پوٚت پیوٚ
ژٕمومٕت۔ تام بدلاوی ہرٕ لالن کتھِ ہٕنٛد موضوع تہٕ میہٕ گیہٕ بشاشتھ۔ ووٚنی لاجہٕ
میہٕ اَمس سٟتی زاوجارٕ سان کتھ کرٕنی۔ سہل چھا تریہٕ وٕہری ہرٕ لالہٕ سٕنٛد گرٕ
بیٚین۔ سانٛی کتھ باتھ آسی جارٕی۔ کچھنہٕ منزٕ دراو دہہ آٹاس۔ اَتہِ اوس ہیٹرس پیٹھ
بوہلکٔس ژٕوٚک تام وودمٕت۔ مگر اَستو تھ ماجہِ دیوی کٔن گرٕ اوس ہرٕ لالہٕ نتہٕ وَنہٕ ہے
ضورور وٕستھ کویلہٕ چھکھ انان۔ یٕمن نشہِ چھنہٕ بنان منٛکٔس تہٕ ڈلن۔ بیہٕ کتہِ
گرٕ ہے سہہٕ گشٕوھِ میوٚٹھ تہٕ وَنہٕ ہٕس یہٕ چھا قویلہِ تقصیر کنہٕ چانِس مشرٔفس۔ خأر
آتھوارِ ہٕنٛد دوہہ دراو ہرٕ لالہٕ سٕندِ ینہٕ سٟتی شوٚنٹھ ہوٚ۔ مگر بہٕ اوٚسس أندری گمہٕ ہٕری
گوٚھان۔ سوٚنچان اوٚسس یہِ نیرِتھ آسہِ میہ ناتھ جیٖس نِش لاٹری حاصِل کرنہٕ
خأطرٕ خبر کتھ کتھ حکمس تامیل کرٕن۔ لحاظ سٟنٛی زٕ ژٕورأستھ تہِ لوٚگ میہٕ ساری سے
پاں مزٕہٕ۔

پگاہ چھ وٕنہٕ گاش فوٚلنہٕ املأریاہ آیہٕ چایہٕ کیاہ بتھ بڈس نِش تہٕ
وٕونن ''ووٚنی دٕتھ تَو تھوٚد۔ دوہہٕ لوگوہٕ کوٚنہٕ کرٕن۔ اَمس ناتھ جیٖس سٟتی کرتہٕ
مشورٕہ یتھ سہٕ وَتھ ہاوِو۔ گوڈٕ چھکھ نہٕ کانٛسہِ سٟتی رلان۔ خبر توہہِ کیا صِرف

کِتابن پھبور آسَن دِوان۔ أخر مجلس منز روٗزِتھ گوٚھنا محلہٕ دأرٕ نٔبناؤنی۔ یوٚت
یوٚت تام آم وَیپس محلہٕ دأرٕ گیہٕ پزٕ مگر بہہ کیاہ گرٕ میہ چھُ ہر وقتہٕ پوٚز ژلان
نیرِتھ۔ یُس نہٕ کانٛہہ بوٗزنہٕ خأطرٕ تیار چھُ آسان لہٰذا گوٚسہٕ محلہٕ دأری ہبکہٕ
بنأوِتھ۔ مگر أمسُند دِل رَچھنہٕ خأطرٕ دوپمس بہٕ سمکھہٕ ووٚنی ناتھ جیٖیس
بہٕ گوٚس ناتھ جیٖیس نِش تہٕ اوٚرٕ چ یوٚرٕ چ گتھ کرِتھ لوٗگ میہ
تَس پزٕ ژھُن سُہ گتھ یمہٕ خأطرٕ بہٕ أزٕ دوہہ ہتھ بأریایہ یہٕ ڈٕپزٕ تہٕ ٹینڈس پیٹھ
تھأومُت اوٚسُس۔ ناتھ جیٖیس ستی گتھ کران نٔنیوٚو اُہُند علاقہٕ چھُکھ تعلیمی لحاظہٕ
پَتھ کھوٚرِ قرار دیوتمُت۔ لحاظہٕ چھُ أمسِندِس سوٗنہٕ گوبرس اوپن میرِٹہٕ Open
Merit بجایہٕ RBA Category منز ڈاکٹری سیٹ میژمُژ۔ پانس ستی سوٗنچم
پزی چھُ ناتھ جیٖیس ٹُرفہٕ یکہٕ اتھس منز۔



# شاٲلۍ تارُکھ

دِلہِ ہٕنٛدِس أکِس اخبارس منٛز اوس اِشتہار دٕژامُت ۔ یَتھ منٛز یہٕ ونہٕ نہٕ اوس آمُت زِ اکہِ دفتر کہِ وسالتہٕ ہیکہِ کاںٛہہ تہِ گرٛیجویٹ فارِین مُلکن منٛز نۆکری کَرنہٕ باپتھ فارم بھٔرِتھ۔ ووٚنۍ گو دِلہِ پٮ۪ٹھہٕ توٚت تام واتنَس یُس خرچہ لگٕیس سہٕ چھُس پانَے وبتراوُنٕ۔ فارین وأتِتھ چھے أمہِ دفترچ ذمہٕ وأری تَس نۆکری ہُنٛد بوٚندٕ بَست، پَتہٕ تَس باقی اِنتِظام دیوٚن گٔرِتھ۔ ٹِنکَن ییٚلہِ اخبارس پٮ۪ٹھ یہٕ اِشتِہار وُچھ تٔمۍ کوٚر ماجہِ ۂکہٕ آلو۔ ''ممی، ممی، بہٕ ہاۓ گژھہٕ ووٚنۍ فارین۔ اخبارس منٛز چھُ سانہِ گوٚوِ اِشتِہار دٕژامُت۔'' مأج آیہٕ دَوان دَوانِ رٔکچنہٕ منٛزٕ نیٚرِتھ لابی کُن۔ تَس گٔیہٕ کھٔرا گرنہٕ ٹِنکہٕ تَس نَرِتھف ژھنہِ ہے تَس پھُچایہٕ نَل نگھ۔ خبر کُس بَتہٕ کال آس بروٚنٛھ تہٕ دَب لگنہٕ نشہِ رٔچھ دَیَن۔ کُرسی پٮ۪ٹھ بِہتھ سمبوٚلُن دَم تہٕ ووٚنُن ٹِنکَس

''چانٛس مانٛس ہاچھِ شوٗٹھ کوٗٹھی پھٹراوِنی۔ اَدٕ رگڑایہ وانٛس اَتھہِ گرنووُن یمن ماربلن زیادہٕ پشہٕ جار۔.........''ٹِنگن وونُس ''ژٕ ٹھیہ گتھ۔ مےٚ کوٗریا ژٕئے اَمی آلو۔ یہٕ ہائے اوسُس اَخبارٕ اِشتِہارٕ چ شیچھی ژبے باوٕنی یٔژھان۔ ژبے لوٗگُتھ بَدل دَلہٕ وانٛژُل مَکَن'' ''اِدٕ باتہٕ وَن جَل پہَن۔ گیٛس پتہٕ چھُم دۄ دتھ ژٕلسِم نیٛرِتھ''۔ ماجہِ وونُس کوٗٹھس پتہٕ اَتھہٕ تھاوِتھ۔ ''یَتھ ہاے چھُ فارین گوٗژھنہٕ خاطرٕ اِشتِہارٕ دِژامُت۔ پتہٕ چھُ پاسپورٹ آسن والین زیادٕ چانٛس۔''

ٹِنگن تہِ اوس پَتمہِ رِہتہٕ پاسپورٹ کڈِتھ تھاوُمت۔ یَمن ژاوزَن دارِ گنٛی اَنٛز۔ دۄشونی ماجہِ پوتھَرن گیہٕ فارین گژھنچ کَل۔ ٹِنگنس مانٛس اوس پَتمہِ رِہتہِ رِٹائر گژھنہٕ پتہٕ رۄپیہ لچھا جی۔ پی۔ فنڈ دِژامُت۔ لہذا اوسُنگ جہازٕ خرچ وغارٕ تہٕ ہیٚکو وتھرٕاوِتھ۔ تام آو ٹِنگن موٗل نبرٕ۔ تَس باوٕ کھ یہٕ خبر۔ مگر سہٕ ژَن گو گوتن ہیو۔ کیٚہ باو نہٕ اَتھ کتھہِ پتہٕ زیادٕ خوشی۔ مگر بارِیایہ تہٕ نیچوِ سُند دِل رَچھنہٕ باپتھ دیٛژن پانہٕ تہِ اِشتِہارس نظراہ۔ ٹِنگنس ووٗن ٹیلی فون نمبر، ایڈرس وغارٕ نوٹ گرنہٕ باپتھ۔

ٹِنگن مام اوس دِلہِ نوکری کران۔ شامنس کوٗرکھ تَس فون تہٕ ایڈریس دِتھ دوٚپہس اَمہِ دفترٕک سوٗری پَے پتاہ کڈِن تہٕ اَسہٕ شیچھ وَنی۔ پانہٕ لوٗگُکھ فارین ٹِنگہٕ سوزنٕچ تیارٕی تہِ گرنی۔ موج اُسی مژٕ سوٗنچان گنٛوی گنہٕ واجہِ کوٗٹ یٖیلہِ فارین گژھم امامیہ ماپھیرٕ۔ ستی اُسی سوٗنچان اَز کل چھِ واریاہ فارینہٕ

کاَم کران تھٕنز ماجہِ یہِ کران آسَن تیی گرٕ بہٕ تہٕ ۔ مائلس اوسُس نہٕ زَنتہٕ خاص کینٛہہ
پَلہِ پیوان ۔ مگر ماجؠ اُس سَخ خوش شامنَس ییلہِ ٹٕنکنہٕ ماجہِ سوٗنٛچ تمہِ وُچھ سپُن ۔ سُہ
زنتہٕ دِلہِ اِندرا گاندھی ہوٲئی اڈٕس پیٹھ ٹٕنکس روخصت دِنہِ واٗ تھٕمُت ۔ اَتہِ کوٗر
گیٹس پیٹھ سیکورٹی والو ٹٕنکس سارٕسی سامانَس چیکنگ ۔ اَتھ لوٗگ واریاہ
وَکھ ۔ ٹٕنکنہِ ماجہِ پھوش سَکھ ۔ دوٚپُن یمَن باسیوو میونوی خانہٕ موٗل آتنگ
واٗدی ۔ یمَن چیکنگ گوٚژھی آسٕنۍ تمہِ چھِکھ اُچھَن گژھ ژھنتھ خبر کاٗژاہ ۔ فِرِ پیس تاٗرِتھ
نیران ۔ یُد وا تُد وا واٗتی یم لندر ۔ اَتہِ، اُسی ساری پننین پننین اَنگَن اَشناوَن
روخصت کرٕنہِ آمتی ۔ ٹٕنکنہٕ ماجہِ وُچھ دوٗرِ پنٕنۍ ہمسایہٕ بائے اَکھ تہٕ ۔ اُچھن موٗرن
دِتھ دِیژن وارہٕ اُمس نظر ۔ اَتہِ اَسی یہٕ سوٗے تُمس اوس نہٕ بروٗنٹھ کینٛہہ ۔ یہٕ گیہٕ
ٹِکہِ تَس نَش ۔ سُہ اَسی پننہٕ نوٗشہِ تہٕ نیچوس روخصت گرٕنہِ آمُت ۔ اُمہِ کوٗر ہمسایہٕ بایہٕ
ءتیٖ نالہٕ موٗت ۔ تمہِ ووٗنُس نِکس گیم زٕ ورٕ فارینہِ ۔ ییلہِ یمہِ پٕژ وژھُس یہِ میم
گُس چھۓ ۔ ہمسایہٕ بایہٕ دِژ ڈیکس ژٕنڈ تہٕ دوپنس یہٕ چھُم نِکن توٚرے خاندر
کوٗرمُت ۔ ووٗنی اَسی یٕہ ہنی موٗن مناوُنہِ تمہِ رستہٕ آمتی ۔ ہمسایہٕ بایہٕ تہٕ اوس نِکہٕ
کُن اُچھ گاش ٹٕنکنی پاٗٹھ ۔ ٹٕنکنہِ ماجہِ ژوٗل ہکہٕ نیرِتھ "ٹِنکو ژ ماگژھ فارین ۔ یہٕ نا
دِمٕے ژٕبے توٚر گژھنہٕ" اَتھی ءتیٖ گیہٕ ہوشار ۔ برتھاہن دوپُس ژٕ یہٕ کیاز کھیتھ
ووٚتھی ہش ۔ اُمہِ بوٗوس سوٗری سپُن ۔ تمہِ ژٕ ووٚتھا تھا گرتھ اُسُن ۔

صُبحن وۆت دِلہِ پیٹھٕ ٹِنکنس مامہٕ سُنٛد فون۔ تمۍ اوس أمہِ دفترُک سورُے اۆل وانگُن نِشہِ رووُمت۔ یہٕ اوسمُت اَپزُی قصہٕ۔ یُمو واریاہَن بے روزگارَن تِتھۍ شائِلۍ تارَکھ ہأوِتھ ناوِ وأنۍ متۍ۔ ٹِنکس اوس کیاہتام رُت تعالے زِ مامَس کورُکھ فون۔ نتہٕ گژھِہے سہٕ تہِ باقیَن ہنٛد پأٹھۍ مُجہِ کھیتھ سَرد۔



# تھٕنٛز

نندلال اوس گرِ نیرُن سونچان۔ اَتھ جھٹکہٕ سِنس نہٕ مزہٕ یوان۔ چھُنا صلاح اَز ہمہٕ بہٕ سوٗنہٕ پوٚتِس سِنٛز کلوہا۔ دوٚہ مزٕہ ہیُو باسہٕ تہٕ کشیرِ ہنٛدِ سِنتوٗک لوٗل ژٕلہِ۔ پتہٕ کیاہ روپیہ دٕہ ووہ زَن پیٚن زیادہٕ۔ یاں گوڈی۔ اے۔ قسطک اعلان کوٚر رُکھ نہٕ۔ یہٕ سوٗنچتھ دژ اونندہ لال سٕنٛز دسوٗنہٕ پوٚتِنس وانس کُن۔

سونہٕ پوٗتِس آسہٕ زہٕ سِنٛز رانہٕ اَویزان۔ اَکھ اَسی کِٹہٕ ہشٛز تہٕ بیا کھ گبہِ ہنٛز۔ عام گژاگس تگہِ نہٕ پچھان کرٕنی۔ ووٚنی گو نندہ لال اوس پیٚتم اتھوارِ ہُنٛدتس توٚر دوٗرے فِکرِ۔ یتھے سہٕ سونہٕ پچِنس وانس نِش ووت سوٗنَن گردوٗرے سلام۔ کھورِ اتھہٕ ستی گبہِ رانہٕ تھف تہٕ دٕچھنِس اتھس کبتھ شرٛاکھ ہبتھ دوٗنُن "اوہو پنڈِت نندہ لال تِکو صاٗب چھا وارے۔ وٕنیو مہراہ ماز کوٚتاہ چھُ تھاوُن۔ بخدا ینٕے نوٗی دند۔" تہٕ ہٕشان گبہِ رانہٕ سوٗن ژٕٹُن مگر اَرژھ کال نندہ لال وہ تھُس۔ "میٚے وَن نندے مگر سوٗن دِمیہ گِٹہٕ رانہِ منٛزٕ ے۔ نندس نہٕ تھٕنٛز کیا ینٛہٕ۔ "

* سونہٕ پوٚتِس گُولچہٕ ژوٗک ہوٚ بتھ۔

☆☆☆☆☆

# بُتھس پیٹھ بُتھ

دۆہِ وُچھ باوکیا گوآسُن ۔ کتھ پاٹھی چھ یاترین چاے تہٕ پۆرُی کھیاوان ۔ ظاہرا چھس شری بأزمدٕ تس ۔ أڈی چھِ چھلن کھاسی ۔ أڈی چھِ بناوان پۆرُی تہٕ أڈی گلِ گنڈِ گنڈی یاترِین یہ ڈیٖچھ زِ تہِ زارٕ پارٕ کری کری کھیاوان ۔ سو وَزھ مے کُن ۔ بہٕ تہِ اوسُس مُدے گنڈی تھے یہِ وُچھان ۔ سہٕ نفریانے چاے چاوَناون وول ، زانہٕ ہَن بہٕ جان پاٹھی أکس دفترس منز اوس سیکشن آفیسر ۔ پانژھ ، شیہ کلرک أسس ماتحت ۔ اُمہٕ ٹیک اوس دوہِ دش کران تہٕ ہر کانٛسہِ اوس مُدر بو تہٕ میچھو گتھو ستی یہِ باس دِوان زِ نتہٕ لۆکن ہُند دود وَسہِ اوُسس ۔ سرینگرٕ اوس أکس دَفترس منز ڈِسپیچ کلرک ۔ تتہِ اوس ہونین ستی تُل کھوان ۔ تتہِ گتہِ دِہانس کلہِ کٹہٕ ۔ جۆم وأتتھ بنیو "آمین منز کانٛہ سو ندر ۔ " پزموش گیس ۔ کوک روٗٹن ۔ شِکس سۆزن سرحدا پور ۔

دۆہی دوہس لۆگن ہنڈ بن کاغذن "نۆن میں نوقطہٕ" کڈی کڈی اوس مَس والن مُسلہٕ والن تہٕ أمہِ ستی اوس لۆکن نبتھ ہوان ۔ وونی اوس

وَشئوی بنیو مُت۔ میأنی گرٕ واجینٕ اسہِ اَمی سُند باوٕ چھتھ اکھ نظر مےٚ کُن تہٕ بیٚا کھ نظر اَمِس دِوان۔ باسان اوس سُہ سونچان آسہِ کتہِ بہٕ شِکَس لَدیُس مُشکلی سان دان پاترٕس کینٛہہ تراوان تہٕ کتہِ سہٕ پوٗرٕ تہٕ چاےٚ یاترِیَن چاوان۔ بہٕ اوسُس سونچان کیاہ بھگوانَس تہٕ چھالورِ پیٹھی سرٕ پھ تاران۔ چلو۰۰۰۰ اگر نہٕ تَس تو تہِ چھُ تمن لوٗکن پنہٕ نِس زالَس منٛز پھسأوِتھ ہبکان یمن اَمِس نِشہِ واسطہِ پیوان آسہِ ہے۔

لوٗکن ہنٛز ووسہٕ دزٕ وسہٕ آسنہٕ موجوٗب اُس میأنی گرٕ واجنی اَمی سِندِس باوٕس داد دِوان تہٕ ظُہر یاہ بھگوانَس منگان زِ میأنِس برتھاہَس تہٕ سوز تہٕ تھٕ بار۔ مگر بہٕ اوسُس دیوی منگان بہٕ یتھ چھُس تیتھے تھاتم۔ لوٗکن ہنٛز پیٛر گئیہٕ تہٕ اکھ یاترٕی کھوٚت اَتھس منٛز تھال ہیتھ تہٕ اَتھ منٛز پوٗزلیہٕ ہنٛز ساگری علاوٕ زیٚوٹھ ناریٚ وَن بند ہیتھ۔ ظُہر یا اَسِس ڈشہِ گنڈنی۔ باسان اوس اَمِس چھُ گستام ویکھیپ آمُت تہٕ وونی چھُ شری باٗژ ہیتھ دیوی ہندِس دَربارٕس منٛز شرَن سپدمُت سہٕ بہٕ تہٕ میأنی آشینٛز سپدی اَمی سُند زورٕ زورٕ لیلا پرٕنس کُن متوجہ۔ کٲمی تام پرٕوٚژھس، ''شام جی وُنہِ لَد یو نامسلہٕ'' یتےٚ یوٗزِتھ شام جی ووتھ پلہٕ پیٹھٕ پوٗزتہٕ دوٗپنَس۔ ''ہسا از آس دیوی نِش تھی حل ژھارنہِ۔ شاید گوٚژھِ از حل۔ بیا کھ ووتھ ''دےٚ یوٗزِن۔''

شام جی اوس دِل پھٹتھ دبوی زار پار گران تہٕ اُچھو۔ کنی خون
ہاران۔ باسان اوس ظُلم یا چھس بے چارس بوڈ مُشکل بنتھ آمت۔ پوزا
موکلاوِتھ وۄتھ ہیرِ پاوبن تہٕ بۄتھ ہیوان لاگن۔ لوکٕٹ شُری باوِس اونگجہ ستی پتہٕ
نِس مأیِس گن یُس چاے اوس یاترِ ین چاوان۔ شام جیَن وُچھ۔ پتہٕ دِژن
اُچھن موٚرن۔ یہِ اوس سہ سیکشن آفیسر ییمی اَمی ستر فایلہِ پٮٚتھ موٚترے بوڈی بو
پیٹھ نوٹ لیکھی لیکھی کاتھہ جاے خأُلی اُس نہٕ تھاوِمٕژ۔ تکیا زِ شام جیَن اوس نہٕ تس
چنِدٕ برِتھ ہیوٚکمت۔ شام جیَس روٗد نہٕ پانَس تام۔ لوٚکو منز دژاو تہٕ چاے
بأگراون وأیِس نفرس ژھٔنِنی ہٕنس تھف تہٕ وۄنُس۔ "دھرمُک ٹھیکہٕ دارتہٕ چھکھا
ژٕ ے" اَتہٕ وٕژھ وولہ ہرِش۔ لوٚکو ہیوت اور یور دوٗن دورُن۔ مگر شام جیَس ژاو
زَن جن پرٕ گرِژ۔ ہٕنس تھف گرِتھ وۄنُن لوٚکن گن سورے بیٚن تہٕ گدرُن تہٕ پتہٕ
کڈٕن پوھرِ برٕ وٕنہہ گن پُلسہٕ والین وۄنُن پکہٕ ناوِ وے کوٚت چھ گوٚھن۔ کم
سے کم یہِ درمُک ٹھیکہٕ دار گرِ نہٕ مے ہوٚبن سِیدبن تہٕ سادَن اِستحصال۔ پُلسہٕ وأُلی
گٔیہ ہے بنگہٕ۔

اُسی بأژٕ ز دژلہِ گرِ گن۔ میأنی بأری یا اُس اور نہٕ یور۔ یہ
اوسُس زانان زِ سوآسہِ سونچان زِ چاے بأگراوَن وول کوتاہ باوِ وول چھُ۔

☆☆☆☆☆

# اپریل فوٗل

مُنہٕ پُلسہٕ وأرلی دِژ وَردی لاگِتھ کُنہٕ تھف ٹوپہِ تہٕ گرٕ واجنہٕ ووٗنُن رَٹھ میأنی کانگر تہٕ وُچھ میأنی ٹِکھ۔ سہٕ دراو جَل جَل تہٕ میٹا ڈوٗرَس لٔرِنی لتھ۔ وردی پوٗش آسنہٕ کِنی رٔٹُس نہٕ کنڈیکٹرَن کِرایہ۔ بیٹھِس پیٹھ وأتِتھ گٔیَس سَتھ بیٚلہِ جوٗڈی دَرَن دوٚپُس تھانہ دار صأب چھُ وُنہِ واتنَے۔ فِکرِ تٕرٲوِتھ تہٕ دَم سمبألِتھ ووٗنُن دوٚیمِس پُلسہٕ وألِس، یُس پانَس جوٗنیر اوسُس، از گوٚژھ کانٛہہ جَل پھَسُن۔ اَدٕ وُچھٕ ہا کھ ژٕ میأنی بہوٗ دری۔ تَس اوس یہِ مٔژی مٔژی تِتھی شٔرنگ وَنان۔ مگر تھانہ دارس تِہی أسِس أسَس یِند لگان تہٕ پھَپھیٖر گژھان۔ زانہِ دَے کیازِ۔ جوٗنیر پُلسہٕ وألی کوٚر رہتہِ پھِرِ صیح أتھ کِتھِ واش کڈٕ ٹنگ مگر زانٛہہ سَمیوس نہٕ جوٗنٹ۔

مُنہٕ پُلسہٕ وول اوس میٹرِگس گومُت اکہِ دۄیہٕ پھرِ فیل۔ یُتھہٕ تِتھہٕ اکہِ اَکہ پیپرِ تہٕ سُپر اِنٹنڈنٹس ستیٚ گتھ گرِتھ گویہٕ ڈِپزِ تہٕ لُمی لُمی پاس۔ مزِید پرَنس دِیٚژن لوہٕ۔ گرِ کوٚ پرَ یاس واریاہ واز۔ مگر یہٕ رۄد دپان کوٚ گرس گُنٛژ زَنگ۔ آخر پرُن ترٛ اُوتھ لاجِن سرکارٕ نوکری ہنٛز وُٹھہٕ ژھانٹ گرِنی۔ گوڑٕ گوڑٕ اوس تھدبن گربن کھُستھ مگر پتہٕ پیس پیرِ گرٕ سٕنٛد پأٹھی زبہِ بدَل رَب کھینٛژ۔ تہٕ گو پُلَسس منٛز بھرتی۔ جسمہٕ کِنی اوس مۄٹ دژۄٹ پکھر پۄرُک ہکھرٕ ہیو تہٕ عقل تہِ اُسس ہنا مۄٹ۔ امہِ کِنی اوسُس اکثر اصلَس تہِ کھُر یُوان۔ ٹریٚنگہِ دوران تہٕ اِسی اُمس لۄگن ہِنٛدین خشرِ پأ جامَن منٛز زنگ ترٛ اوُنہٕ مۄکھہٕ واریاہ فرِ کھۄرَن ہنٛد گلَس وۄ تھمِت۔ امہِ کِنی اوسُس نہٕ ریکاڈ تہِ صاف کنٛہہ۔ مگر کأ کِی گی اُسس دوٚہہٕ کھوتہٕ دوہٕ ہُران۔ اکثر اوس اکہِ فیرِ ستیٚ ییرہ گژھان۔ کاوَس پۄ فیرِ ستیٚ ماژ پھلہِ نِشہِ اتھہٕ چھلُن۔ اَدِ مُنہٕ پُلسہٕ وأل اوس یزِتھہٕ نِشہِ اتھہ چھولمُت۔۔ اُکس جایہٕ ییٚلہِ اُمس تھی دون درٕبن لڈ آے گیہٕ تتہِ چلاوِکھ بۄٹھ تہٕ چپنہٕ۔ اُمی ماجہِ ہنٛدی گوٚبرَن اُنی لوتہِ پأٹھی زٕبۄٹہٕ کھۄرتہٕ دوٚپُن گرِ لاگہِ نِکہٕ تہِ بۄٹھ چلاوَن وأِلس پاوٕ ماجہِ ہُنٛد دوٚد یاد۔ مگر گرِ وأتتھ گو رۄزِتھ ییٚلہِ اُمی وُچھ دۄشوے بۄٹہٕ کھۄر اُس دَچھنی۔ سَخ پھیوٚرُس سوچُن تُمی بۄٹ چلاوَن وأل تپالہِ لدَن وأج اَز مُنہٕ پُلسہٕ وأِلس تہِ۔ گنہٕ تیٚچن کھوٚتُس رَتھ۔ گرِ واجنہٕ تھی اوس اَکثر مَنٛڈَ و

پہلوٲنی ہاوان۔ یِیلہِ تمہِ پرژھنَس یٔمن بۄٹہٕ کھۄرَن ہٕنز دلیل کوٚنٛھ رٔٹِتھ دُنہٕ نَس۔ "ییٚم گٔری میہ جایہٕ ۆقوہس پیٹھ لَڈٕ یہٕ منٛز ضبط۔ پگاہ یِیلہِ عدالتَس کھَسَن اَتی ژٕ ربِتھ فِکرِ مُنہٕ پُلسہٕ وول گَس چھِ وَنان۔ ماجہِ ہُنٛد دود پاوَ کھ یاد۔ گوڈٕ گُس چھُ از ماجہِ دود چۄان سأری ڈٕبہٕ دٔو دَس لأری ...."

أتھ پُلسہٕ بیٹَس نِش اوس اَکھ ریڈٕ وول موٚنگہٕ پھلی گٔنان۔ سہ اوس مُنہٕ پُلسہٕ وألی سٔنٛز کتھہٕ اَکثر بوزان۔ تَس تہِ اوس أمی سٔنٛزن گتھَن پیٹھ اَسُن یوان۔ ریڈٕ وألِس نِش اوس اَکہِ دوہہٕ پنٛنی جُرٔت مندی ہُنٛد دَم دِوان مگر تَمی یِیلہِ سہٕ واقہٕ یاد پاوُس یِیلہِ أکی ژۄرَن، یَس ہتھکڑ گٔرِتھ عدالتَس گٔن پکہٕ ناوان اۆس، دُوژۄٚت گٔرِتھ دَگ تھاوُس تہٕ اوسکھ موتَل کوٚرمُت۔ برابر اَکھ ؤری لوٚگُس بحال گژھنَس۔ اَتھ دَر جواب ووتھُس "سہَ کھیل گٔرے مے اَمہٕ دَمہٕ۔ ژٕ ہے تَرِے نہٕ یہ سکیم فِکرِ۔ تتھ اوس بدل وجہ نتہٕ ژٕ لہِ نہٕ میہ نِش سہٕ ژۄرٕ سٔنٛز کتھے چھِ نہٕ، صِرِف گژھِ پنجرہ دٔو راٹُن۔"

اَز تہِ اوس سہُ دَندَن کھٔہرَن دِتھ کاتھہ شِکار رٔٹنَس تتھے پأٹھی پراران زِن اوس گبہٕ رأچھ والہٕ واش لأ گتھ جلَس پراران۔ یہہ اوس کھڑ ارِیڈہٕ وألِس نِش اما بُرقعہ پوٚش زنان چھِ تھٔز تھوٚر چھٔنی لأ گتھ گلہِ پکَن گران۔ أمِس پَتہٕ پَتہٕ چھُ اَکھ تاپہٕ یاوِ سگریٹا پھوٚکاوان تہٕ پیچھا کران۔ مُنہٕ پُلسہٕ وألی دیوٚت

گونٛژھن وَر۔ پانَس ؠتۍ سوٗچِھن بَد عنصر گرن گرِفتار دیوہٕ سِٹار کھَسہِ تہٕ پٔترن فٲناوہٕ ترٕ۔ پانَس أ ؠسس لۆ رؠتۍ تہٕ دوٚیمس پُلسہٕ وأ لِس أس ہتھکرٕژ۔ فٲفٹ وأتۍ أمِس تاپہٕ یاوَس نگھہٕ۔ أچھ ترکرأ وِتھ تہٕ غوصہٕ کھأرِتھ ووِنہٕ ہَس۔ ''ژھ چھُکھنا ماجہِ بنہٕ وول مےٚ ووت ژےأوٗ ڈگھنٹہٕ وُچھان۔ ژکیازِ چھُکھ یِمس بُرقعہ پۆشخوتۆنہِ پَتہٕ پَتہٕ پکان۔ ژبے دوٚ پتھا ہہٕ ژھنہٕ مُنہٕ پُلسہٕ وأ لِس أچھَن گژھ۔ تمہٕ چھنہٕ گتھےٚ۔

''پہناو اِس کو ہتھکڑی اور لے چلو تھانے پر'' دوٚیمہِ پُلسہٕ وأ لِکٔڈ ہتھکڈی مگر ؠتس کالس تٔل بُرقعہٕ پۆشن بُرقعہٕ تھوٚد۔ یہٕ اوس گونٛژھل مَرد۔ یِمہٕ أسۍ مۍتۍ یارٔ ژہٕ۔ تہٕ یِمو بناوٕ مُنہٕ پُلسہٕ وول اپریل فوٗل۔ تِکیازِ اَمہِ دوہہٕ اوس اَولہِ اپریل۔ مُنہٕ پُلسہٕ وأ لَس گوٚ نَہٕ گرٛژی۔ فُٹمٔتیوٚ کوٗٹھیو گھو بیٹِس ٹٔن واپَس۔ لوتہِ لوتہِ ووٗنِن ریڈہٕ وول گرٛھمنہٕ وُچھن یوٗت نہٕ برارِ ہُنٛد گبو کھینہٕ گٔژھان تیٚوت گٔژھان تِمسِٹرٔٹی گلوٗنٛ۔



# مٲتۍ آب

''کوٚینڈ کاکِر تہٕ چالاکی'' چھِ کُنہِ ساتہٕ فأیِد بدل نوقصان واتہٕ ناوان ۔ أمِک تجرُبہٕ چھُ میے وارِیاہ فِرِ سپُد مُت ۔ لہذا اپزِ نہٕ وٕنکِمن اَزٕ ژٕ ھ کالہٕ گی ہاوٕنۍ ۔ جو وَٹیا سوکھٹیا'' ۔ ٹھوٚبہٕ اوس پنہٕ نِمن سٔلکَن پنٛنۍ فارمولا فِکرِ تاران زِ اَسہِ پَزِ زیادٕہ لالٕچ ترٛاوُن تہٕ یَتہِ کأم بنٛد گرِتھ بدل کُنہِ جایہٕ قسمت آزماوُن ۔ تِکیازِ ووٚنۍ چھُ یتہِ ژوٕ وٕتس پیٹھ ٹھوٗلہٕ فوٗت نوٗن گرٛھنگ خدشہِ ۔ ٹھوٚبنۍ زٕہ دوست أسۍ چایہٕ گوٚلا گوٚلا چُوان تہٕ گلہٕ ستۍ أنکار أنکار گران زَنتہٕ بُنٛل یتھ أسکھ لارِیمٕژ ۔

نمبرٕ ہ کوٚر مٔی تام آلو، ''رام لال ہے رام لال'' رام لال، ٹھوٚبُن مول، یتھٕ پأٹھی اوٕڑُر کھوٗٹرٕ أماپوٚز بَستمِن منٛز چھِ ہِر ۔ قد اوٕسُس ژھوٚٹ پَہن ۔ لوٗکھ أسِس ونان زِ ژھوٚٹِس فیٖل وُٹِس سوٗنب ۔ یہِ نَسہٕ چھُ سبد یو پَدیو ۔ پوٚز ززانہِ دَے أمۍ کوسہٕ دبد أسۍ ٹھوٚبَس پُرٕمٕژ ۔ برابر اوس کاوٕ أٹھہٕ وُہرِ تہٕ کاوٕبَچہِ شیٹھہٕ وُہر باسان ۔ ٹھوٚبہٕ اوس زَنتہٕ شیطان پوٚندِ پیٹھ زامُت ۔ اِنسانَس اَنہِ ہے ستوٚ یارہ بلوترٛیشہِ ہوٚتوٕی تہٕ گتھوٕ ستۍ والہِ ہے ہانٛچھِ تہٕ دوٗد ۔

ٹھوٚبہٕ تہٕ اُمِسٕندی دوٚست زٕہ دڑایہٕ دوہہٕ دِش پاٹھی سوٚٹھ بوٚٹھ لاٗ گتھ۔ اُکی دوستن ٹُل برِیف کیس۔ ٹھوٚبہٕ دڑاو بروٚنہہ بروٚنہہ۔ اُکھ دوٚست اوسُس ہتی ہتی پکان تہٕ بیا کھ بریف کیس ہیتھ پتہٕ پتہٕ۔ باسان اوس ٹھوٚبہٕ چھُ کانہہ بوٚڈ افسر۔ وتہ وتہٕ اُسی لوٗکھ نمسکارن پیٹھ نمسکار کران۔ ٹھوٚبہٕ اوس فقت کلہٕ ہتی جواب دِوان۔ دوست زٕہ تہٕ اُسِس پیر گُری سُند مدرٕ ٹتھ پکان۔ بَسہٕ نہٕ بلکہٕ آٹوٗ رِتھ اُسی ہتی گژھان۔ دوہہ دوہَس دفترس منٛز بِہَن، کتھا باتھا کرٕنی، سگریٹ تہٕ چائے چیٛنی تہٕ اُکھ زہ بجے واپس گرٕ یِن اوس اُمسُند معموٗل۔ اِنسان اوس راوان زِ یہ ہے کارچھُ کران تہٕ کیاہ۔ یتھہٕ تتھہٕ ننیو زِ اُمی چھِ فاینانس کمپنی کھوٚلمٕژ۔ تتھ کمپنی منٛز یُس کانہہ رَقم تھاوِ سہ سپِد ترِیٛن وٕرِین منٛز دوٗ گنہٕ۔ لوٗکہٕ موٚت گواَنہٕ گوٚٹ۔ پرکھاونے، ووٗچھنے کرٕنے گیہٕ یِمن نِش رقم جمع کران تہٕ یِمی اُشی ژٹان۔ راتھ آیہٕ اُکھ موٚنڈی بُڈی ٹھوٚبنس دفترِس پیٹھ چیک ہیتھ۔ اُتھ اوس وُنہٕ میاد برابر گژھنے۔ بُجہٕ کرٕ ٹھوٚبس عاجزی یہٕ دوٗ پنس زِ کوٗرِ چھم خاندر۔ لہٰذا گوژھم پنٛن رَقم دوٗ گنہٕ فِل فور میلُن۔ ٹھوٚبنی دوست اُسی تتھ جوابَس پراران یُس ٹھوٚبن واریاہن گراکن اوس دوٗنمت، مگر تِمن گیہ کھوٚرِ تلہٕ زمین نیٛرِتھ یلہٕ ٹھوٚبن بڑیف کیس مُژراوِتھ بُجہٕ ماجہِ دوٗ گنہٕ رَقم حوالہٕ کوٚر۔ بُڈی دڑایہٕ آہی کران کران تہٕ باوُن ٹھوٚبُن یہٕ احسان تہٕ ایمانداری سارنے۔ لوٗگن بڈیایہٕ

ٹھوٚبس پٹھ یِش ہِ تہٕ پٔژھ۔

ٹھوٚبن ییلہِ پننِس سُلگن بتھِس ہُند رنگ ڈوٗلمُت ووُچھ دوٚ پنُنھ اُمِس بُجہِ بِچارِ کیاز چیٖر ہیٚ ہوٚٹ۔ بھگوانس نِشہِ کُس جواب دِمہِ ہا۔۔۔ چھا اُمسندی خاطرٕ زال وہرأومُت۔ یہٕ زال چھُ بجس بجن گاڈن ہِندِ خاطرٕ۔ توٚتہٕ چھو باساں بہہ چھُس ڈوٗلمُت۔ نہ سہ چھُ نہٕ گتھ۔ دراصل نیرِ اُمِس بُجہِ ہِندِ دِل رچھنہٕ ستی سأنی واریاہ کأم۔ مُہم تھأوِ جأری۔ باقی رن لگہِ نہٕ۔ یتہٕ چھالوٗگن گتھن سنہٕ نچ تہٕ پوٚز پرکھاونچ فُرستھ۔ وُچھان گوٗھو بہہ گنڈ سہ کھیل گم گم ارژہ کال گوٗھن ساتہٕ والہِ واشہِ لگنی۔ پتھ روٗ دتھ ہند طلب یا نے تنخواہ بڈراونچ گتہ سہ گیہ کھورِ اُتھچ کأم۔ پُترأووِدیس تہٕ نیرِ وپنہٕ نمن علاقن منز لوکہ متِس پتہٕ یمہِ کمپنی ہندی نوٚنہ گری تہٕ تیلہٕ تلاب ہاونہِ۔۔۔۔"

دٕکھ گزریاو۔ یتھوٚی ترے دٕری پوٚرِ ہیتن گوٗھنی ٹھوٚبن تھأو دٕگ۔ گوٚڈہٕ نیوٚن مکانہٕ کنِتھ تہٕ پتہٕ دفتر خألی گرتھ۔ راتو راتھ سپُد شالہ ہنگ ہیوٗ غأب۔ اُمِسند مأکی رام لألن اُسی بروٚنٹھے دٕگ تھأومُو۔ منز گیہ ربتھ بورا۔ ٹھوٚبنس محلس منز لُچی زنتہ دِوے۔ لوکھ اُسی پوسٹ ڈنڈ چیکہ ہیٚ ہیٚ کھچھ کھچوٗ وان۔ اتہٕ ییلہِ نہٕ ٹھوٚبن کانہہ پے پتاہ او شکھ میلان تمِ اُس یہٕ ڈیٚنتہٕ گلہٕ ٹھأسی ٹھأسی ڈہہ لدگر ہیو واپس نیران۔ یہٕ سِلسِلہٕ روٗد ہفتس کھنڈس جأری۔

اکہِ دوہہ تھأو تمۍ شخصن ٹھوٚبنس مکانس نیبر اَکھ بورڈ اَویزان، یمۍ سۍ مکانہٕ ہیوتمت اوس۔ یہِ بوٗرڈ اوس مکانہٕ کس سٹورس منز شاید ٹھوٚبن زأنتھ مأنتھ تھأومت۔ اَتھ اوس صاف تہٕ خوشخطس منز لیکھتھ

''توہہِ ساروے چھوٕمتی آب چومت۔ چومتوی یوٗت نہٕ بلکہِ اَتھ منز گوٚتہٕ تہِ دِتی ہتی۔ خیریُس رَقم توہہِ میہِ حوالہٕ چھُ کوٚرمُت سہ چھُ دوود چھوان۔ فِکر لگنہٕ برٕئی۔ توہہِ روزِنہٕ یہٕ دَگ زیادس کالس۔ چھِ نادِپان نوٚی گتھ نوٚن دوہن۔ ویسے چھوٕ توہہ حالی تہٕ یہٕ چھُس عادت سے مجبوٗر۔ میہ أسی کشیرِ اندرتہٕ یہِ سکیم ژلنہٕ برونٹہہ چالوٗ کرمٕژ۔ توہہِ گوو مُشتھ تہٕ تِتہٕ کھوتا مبے۔ پتہٕ پیوٚ ژلُن تہٕ پأنسہٕ ٹھیلی گیم بانہٕ حالہِ بالس ڈوٚلہٕ۔ آخرس پیٹھ مأنی زبو میأنئ یہٕ نصیت زِپوٚنسہٕ ٹوٚنک گرٕھنہٕ زایہٕ کرُن۔ یوٗت پلہِ تیوٗت بچت کرُن۔ کیاہ پے یتہِ تہِ ماپیہٕ ژلُن۔ پتہٕ کیاہ کرِبو ڈِپازٹ۔ توہہِ ستی چھُ وادہٕ تتہٕ آسہِ میأنئ نو کمپنی فقت دوٚن ؤرین منز رَقم دوٚگنہٕ کرتھ دِوان۔

لوٚتِس گوبس مأفی۔

تُہُند خیرخواہ

ٹھوٚبہٕ ولدِ رام لال



# ݙ زٕمٕژ خطآئے

بال جیَن ییٖلہِ پرٛموشن آڈَرو چھ۔ پَران پَران گوس اَتہِ اکہِ وکھٕتکسِ شوٗنمبہٕ ڈٲیریٚ یُن ناوتہِ نَظرِ۔ دوٚیم صفہٕ ہِرِتھ وُچھُن امِس پٔنٕنِس سکوٗلَس منٛز بجائے دِژٕمژ۔ خوشی گوٚو۔ سوٗنچُن یُژ کٲلی ییہِ زآنی کارو منٛزٕ پرٛنسپُل۔ پٔتمی وژی زٕ ترٛ یہہ دہٕ دَنٛد دَگہِ وراۓ نیرَن۔ تہٕ رِٹائر گژھنہٕ وِزِ گژھِ پینشَن کاغذ بناونَس سہوٗلیَت۔ سونچان اوس کٲشرِی اَفسر چھِ کٲشرِس مُلازمَس زیادٕ قونون لاگان۔ زانہِ دَے کیازِ۔ دَپان موغل ڈیٖشِتھ گژھِ فارسی فوٗرَن تہٕ بیوٗرڈیٖشِرِتھ بِشتہٕ۔ مگر اکثر کٲشِر اَفسر، کٲشرِن مُلازمَن پیٹھ اَفسری ہاوان باقیَن تھی چھکھ زَنتہٕ کوٚرکی گژھان۔

ژوٚردوہہ گژِھتھ روٗٹ شمبو ناتھَن بال جی نس سکوٗلَس منٛز بحثیتِ پرٛنسپُل چارٕج۔ سارنٕے سِٹاف ممبرَن ستی تہِ کوٚرُن ہینڈشیک تہٕ بال

جی یَس ءستی تہِ خالی ہینڈ شیک ۔ بال جیٚین سوٗنچ اتھ آسہِ کانٛہہ مطلب تہٕ کھیٚن گژھے ۔ پگاہ مارننگ اسمبلی پیٹھ کوٚر پرنسپلن زیوٗٹھ بھاشن ۔ سارِنے لڑکن کرُن باند باند کلاس اٹینڈ کرنٕک تہٕ ڈِسپلن برقرار تھاونک تاکید ۔ رِیس منز بُلاوٕن سِٹاف میٹنگ ۔ اتہ تہِ روٗدسہ سارسے سِٹافس لڑکن شو دِلہٕ پرناونہٕ خاطرٕ تاکید کران ۔ وَنان اوٗسکھ ٹیوشنس کُن زیادٕ توجہ دِنہٕ بجایہٕ کری تو شرٕہن کلاسس منز جان پاٹھی رہبری ۔ یُتھ زَن ٹوٗپے جان بال بچھہِ لگہِ ہے ۔ وَقتس پیٹھ یِنس تہٕ وَقتس پیٚتھ نیرنس پیٹھ دِتُن سبٹھاہ زوٗر ۔ بیہ تہِ ووٚنُن وارِیاہ ۔ تہٕ اتھی ءستی سپز میٹنگ ختم ۔

بال جی اوس سکوٗلہ پیٹھٕ گرٕ تام سوٗنچان گتہِ سہ شونمبہٕ ڈائری یُس پھِرٕ پتہٕ پھِرٕ ڈائری نمبر اوس کڈان تتھ وُچھان ووٚنی گتھ گرٕس چھُم ٹیوشن پرناونہِ گژھن ۔ پیریڈس اَسن لوہٕ دِتھ تھاوِمژ ۔ تِمن لڑکن تہٕ اوس ٹیوشنہٕ خاطرٕ اکہِ نتہ بیہٕ طریقہ مجبوٗر کران ۔ اگر کانٛہہ تژ گرپھن لڑکہٕ آسہِ ہے تَس اوس اِنٹرنل وِزی کم نمبر تھاونکہِ ہابتھہٕ بِیل انان ۔ یارن اَکس دوٗن اوس ہوٚنگنن تھف کری کری پنہٕ نِس سیریل نمبرس الیس ۔ ناتھ لیکھنہٕ خاطرٕ چاپہٕ تہٕ سِگریٹ چاوان ۔ تہٕ پرنسپلس پلوہٕ گی کران ۔ سکوٗل بوڑکین کلارکن تہٕ باقی افسرن گرِ مُفت شُری پرناوِتھ بورڈ ڈیوٹی تھاوناوان ۔ سیکٹریٹ کین اَکثر کلارکن تہِ اوس

یِتھۍ پأٹھۍ ناوِ والان ۔ پنٕنہٕ مطلب باپتھ خٲرِس بب وٚنُن اُس اُمِس نِش لوکٕٹ
گتھ ۔ مطلب نیرِتھ تیرے نہٕ سُتھر میرے نہٕ گتہٕ وِنی محاورہٕ اِستعمال کران ۔ رَژھا
اوُسُس شٲر پرتہِ تمن دوہَن اَسِس پوت پتأی سیرِ بادشاہ ونان ۔ اَز کوٗ بال
جییَس اموک پوٚر بھروسہٕ ۔

بال جی یَس گوٗ ازگرٕ واتنَس دوٚ ہکہِ کھوتہٕ ژیر ۔ گرٕ واجنہٕ پرٕ وژھُس ''توہی
اَسوٚ دِپان اَسہِ آوز اَنکار پرِنسپل ۔ ئہ اَسِس سوٗنچان دِہٕ توہی سُلہِ پھٔن اَسوٚ گرٕ
واتان ۔ گوڑہ گتہِ ہمیشہٕ روٗ دِیوٚ صِرف گرِ پیٹھہٕ سکوٗل تہٕ سکوٗلہِ پیٹھہٕ گرٕ یِنٕز
کران ۔ زانہہ آسہِ ہو باقین ہٕندی پأٹھۍ اَفسرَن لوٗکس یابٕڈس دوہَس پیٹھ گرٕ
گژھان ۔ اَتی کانہہ ڈالی نوان ۔ تمہِ سٔتی اوسوٚ پانسے سہولیتھ ۔ تگیاہ یتھ گژیشمہٕ
کژاپہٕ منز چھُے کمال باہ بجے ڈیوٹی نیرُن پوان ۔ توہی تہٕ زَن اَسہو تتھ سکوٗلس
ڈیوٹی یتہِ مارنگ شِفٹ آسہِ ہے ۔ پانَس چھوٗہٕ بکھأٹن قہر گژھان تہٕ واپسی پیٹھ
چھوٚپتہٕ وولان ۔'' بالِ جی گتہِ کرِ ہے جگرتہٕ وَنہِ ہا اُمِس ڈیکہٕ بجہِ زٕ وِری بروٗنہہ
آزمایام یہِ نسخہٕ تہٕ ۔ مگر تمی ہیڈ کلارکن کھیٖپہِ تم پانسہٕ ڈاکرِ ورأے تہٕ ییٖلہِ تُلہ مولہِ
مندرَس پیٹھ وُچھُم نستہِ پیٹھہٕ ڈبکَس تام زیوٗ ٹھ تیوٗک گرِتھ ، لوٗکن ماجہِ بھگوتی ہٕندِ
مندرٕ منز پرشاد بأگراوان ۔ پانَس تام روٗ دُس نہٕ ۔ مَتھ گیاس اُمِس بھگوتی ہندبن
ژرٕنن تَل کٔڈبس زُووتہٕ ووننَس تم میأنی پوٗنسہٕ کھیتھ چھُکھا دھرمُک ٹھیکہٕ دربِنتھ

لۆگن پیٖیں تاران۔مگر ژکھ ژاٗپم صِرف وۆنمس یُتۆی بھگوتی ہنٛدِس قہرَس کھۆژ۔گرٕ واٗتتھ متیایَس باٗریاہ ژٕڈ تہٕ کانگری تژاٗوِتھ۔ووٕنہٕ نَس اَکھ چھُکھ نہٕ پانہٕ منٛدرگژھان بیہٕ چھُکھ گژھن والِن وٕ ٕ کرنہٕ ناوان۔بال جیٖین اَس تمہٕ وِزی تہٕ کَتھ کھۆ ٕمژ۔ووٗنے وَنہٕ تہٕ ونہٕ کیاہ۔یہٕ اوس پۆز زِ شمبو ناتھ اوس وَکھتھک حاَکم۔

بال جی کَتہٕ ونہٕ ہے تَس یِم اصول ژٕ از وہژھناوان چھکھ تم کَتھ جایہٕ اَستھ تِمن دۆہَن دوبراٗومتۍ یۍیلہِ پانہٕ اوسُکھ لیٖکچرار۔دَراصل اوس سُہ سورٕ وٕی پژون مُشرِتھ پرنسپلی کُرسی ستۍ لاٗرِتھ گوٗمُت۔یہٕ اوس پۆز یۍیلہِ لیکچرار اوس تیلہِ زانہِ ہے نہٕ زانہہ پیریڈ دیُن اَدا مارنگی اسمبلی۔مگراَز اوس سبٹھا چکاوان۔تِکیازِ چھانَس یۍیلہِ پۆان پاٗنس پیٹھ یِٔکل ٹلان نِکھس پیٹھ۔

بال جی اوس سۆنچان اَڈٕی نفر کیا زِ اَفسر بٕنِتھ بدل بۆلی بوزناوان۔شاید نہٕ تِمن تہٕ پاَنَس تام۔یِتھہٕ پاٗٹھی زَن کاندرواَنٛج ڈٕ زہٕژ خطاَئے میچھر بجایہٕ ٹیچھر دِوان۔نتہٕ چھُ کاندراٗ کئے اَڈٕ لِوہ دوشُوے ڈٕ زہٕژ تہٕ تہِ اصل تہٕ تھۆرہٕژ آسان۔تہِ تھَے پاٗٹھی ما چھُ اَڈین افسرن اَتھ کُرسی پیٹھ وٕاٗتتھ یہٕ ہے ڈٕ زہٕژ خطاَئے گژھان۔یہٕ سۆنچان سۆنچان گیہٕ تَس زِپھ۔

☆☆☆☆☆

# خاب

بۄ گوس مجبوٗر پارٹی بَدلاوَنس پٮ۪ٹھ۔ گوڈنیُک الیکشَن زیوٗن مےٚ ''نادان پارٹی'' ہنٛزِ ٹِکٹہِ پٮ۪ٹھ۔ تَمہِ وۄ‎ٲیہ پٮ۪و منڈیٹہٕ باہتھ روپیَس پانٛژہ لَچھ بَزِنی۔ گفہٕ گَتھا چھا۔ پانٛژَن وٕرِیَن جۆکھُٲم کھرٕ سِندی پاٲٹھی تہٕ پنہٕنہٕ کانسچو وَنسی خاطرٕ کۆرُم دوہہ راتھ گُنٛی۔ لۆکھ تہٕ روٗدِم ٲستی ٲستی۔ یِتھۆی نۆو الیکشَن ووت پارٹی لیڈرَن دوپ میٖٹِنگہِ دوران، ٲزچہِ لٹہِ میلہِ منڈیٹ تُٲسی ممبرَس یَس ریکاڈ صاف آسہِ۔ مےٚ ہیرٕ پانَس سام تہٕ دوٗتُس ٲتھی نتیٖجَس پٮ۪ٹھ پاناژ آنہٕ یہٕ ٲندرٕ کٕ تی نٕبرٕ کٕ۔ منڈیٹ میلہِ ضورٕ ور۔ مگر آنہِ وُکھتَس پٮ۪ٹھ کۆر پارٹی لیڈرَن میوٗن ناو خاٲرِج تہٕ ووٗپنَم ''میرے اَنگنے میں تُمہارا کیا کام ہے۔'' بۄ پیوٗس زَنتہٕ اَسمانہٕ مےٚ ٲگرٕ نہٕ تَس نِشہٕ سیٖنہٕ صفاٲی کیٖنٛہہ۔ مےٚ سوٗنٛچ یِتِس کالَس گرٕژھِ فارَم بھرُنٛک وَکھ۔ میوٗن خوابا ماوس بے گارِ۔ اَکھ دَروازہ گوٚ بنٛد ساس گیہٕ یلہٕ۔ یِتھۆی یہٕ گَتھ نٕبر گیہٕ واریاہَن پارٹیَن ہِنٛد لیڈر آیہٕ مےٚ نۆنہٕ گُرتہٕ تیلہٕ تلاوہاونہِ۔ مگر مےٚ تہِ اوس پانٛژَن وٕرِیَن اسمبلی ممبری ہُنٛد آب چوٚمُت۔ سارنٕے پارٹیَن زول دِتھ چھٲتی تہٕ

کرہنۍ ژاُرتھ، ژاس بہٕ پنٕنۍ سٟلکہٕ ہتھ ''سمجھدار پارٹی'' منٛز ؎مے آو شایانہٕ شان اِستقبال گرنہٕ۔ میانِن پانژَن وریَن ہنٛز کامٕ یَس مے ''نادان'' پارٹی منٛز روٗزِتھ گٲرمژٲسۍ آیہٕ تٲریف گرنہٕ۔

دستار بندۍ تہٕ سپٕز ؎مے کھوٗت بوش تہٕ روٗتُم چھم۔ مگر پارٹی لیڈرَس روٗدُس پیٛر سُندیزُتھ تہٕ ژوٗرٕ ہٕنٛز راُچھ گران۔ تِکیازِ پرانۍ پارٹی لیڈرَن اُسم پیٛر زاُلمتۍ۔

الیکشن سپُد تہٕ بہٕ گوٚس کامیاب۔ ''نادان پارٹی'' تژٲوِتھ ژوٗل مے زَنتہٕ شِکَس۔ مے سوٗنٛچ مے گرۍ پتٕم وریٕ ضایہٕ۔ یِمن پانژَن وریَن روٗٹ مے دَم۔ ... گنہٕ پونسا ہٕنٛو، گوڑٕ بنیاو گتہٕ۔ دٔف سہ بنیاو، تتھ گٲرِم زوٗچ ہش راُچھ۔ شُری سوٗز ٹریٛنگن، کوٗربن کوٗرُم کھاندر۔ موٹر بنگلہٕ باقی عٲش عشرت کوٗرُم۔ اُشناو روٗشناو لاٚگم نوکری یَن۔ پنٕنِن سٟلکَن تہٕ اوسُس اوٚٹ نوٗن هاوان۔ عوامَس اوسُس دیان پارٹی چھُم نٕوی۔ لہٰذا چھُم نہٕ کینٛہہ اَندٕ ن البتہٕ زٕ ژوٗراُسہٕ کھُلۍ اُسِم پنٕنہٕ وَتہٕ کتھِ۔ سمجھدار پارٹی ہندِس لیڈرَس اوسُس مُنٛزۍ منٛزۍ ڈالیا سوزان تہٕ پنٕنۍ دوہہٕ شوٗنٛٹھ ہیو کڈان۔

وائے شاہمتہٕ کار، اکہِ دوہہٕ آو ''نادان پارٹی'' ہُنٛد اِکھ منسٹر سانہٕ علاقہٕ کُنۍ۔ مے دژ ایہٕ زبو پیاوَل ؎مے گرتَس ئلۍ چایہٕ مازرتھ۔ سہٕ ژاوِیا

شاہ کرٕتھ سون گرٕ۔ منٛز گیہِ دوہہ تارٕ "سمجھدار پارٹی" ڈِژ پریس کانفرنس۔ مےٚ
لوٚ دُکھ پارٹی مُخالِف سرگرمین ہُند راہ۔ تہٕ کوٚ ڈہَس پارٹی منٛز زنتہٕ دودٕ منٛز کیہ
وال۔ گوڑ سوٗنچ مےٚ یہٕ گژھہٕ پارٹی لیڈرَس سپنہٕ صفائی کرنہِ۔ پتہٕ دوٚپم مےٚ کیاہ
چھُ پُلھہارِس پوٚمُت۔ نوِ الیکشنگ وَکھ تہِ اوس نزدیکھ۔ یمہٕ نےٚ تام چھا
خوداوندی۔ وُچھو کیاہ کرِ خودا۔ گرِ واٗنٛجی وَنان تژ اوسیہ سیاستھ۔ سبٹھا کماٗوتھ۔ گر
ووٗنی خودایہ خودایہ سےٚ کھیوٚتس بُتھ تہٕ ووٚمَس یہ گوٚبتہٕ بانَس دَکہٕ ووٗن۔

منٛز گیہِ رٕتھ تارٕ سےٚ ہوٕ واریاہ نفریم مُختلِف پارٹیو منٛز اکہِ نتہٕ
بییہٕ وکانہٕ کنٛی دراٖمتی اٖسی، آیہٕ سوٗن گرِ۔ اَسہِ کرٕ میٹنگ۔ یگ رائے سَپدٕ تھ بناٗوی
اَسہِ اکھا الگ پارٹی۔ تموکوٚر مےٚ اِسرار پارٹی لیڈر بننہٕ خاطرٕ سےٚ دِژہٕ نارَس نَرِ
مگر کرہا کیاہ۔ گرسَس مأل ژوٚ ڈہتھ پتہ گن۔ بہہ بناٗوہَس پارٹی لیڈر۔ اٖتھ
چھُ ناو "بےخوف پارٹی" سوٗن نِشان چھُ کلہٕ کھوٚپرٕ۔ یَس توہہ بجلی ٹرانسفارمرن
اکثرٕ وُچھان چھِوٕ۔ نتہٕ چھُ آسان انگریزی پاٗٹھی ڈینجر لیکھتھ۔ اِنسانس چھُ کلہٕ
کھوپرٕ منٛز زہر۔ لہٰذا اتھو اَسہِ اَمہِ زہرکہِ تاثیر نشہٕ لوٚکھ آگاہ تھاونہٕ باپتھ یہ پارٹی
ہُند نِشان۔ بییہٕ چھُنہٕ اَتھ منٛز کانٛہہ مانہِ مطلب۔

ووٗنی ہرگاہ توٚہہِ میاٗنِس نال بدلاونس پیٹھ وُنہِ تہِ شکھ آسہِ سہٕ
گیہِ مےٚ تہٕ میانہٕ پارٹی ہٕتی ناانصاٗفی تہٕ مُلکس تہٕ قومَس ہٕتی دغأی۔ توہہِ کرِو اَسہِ

کامیاب۔اَدہٕ وُچھتَو أسۍ وَتھراوو وَتَن سوٗ ن۔بے کأری تہٕ بیروزگأری گژھہِ راتوراتھ شالہٕ ہینگ ہش غأب۔توہہ روٗزِ ژٕرِ دوٗ دہٕ مُہہِ أڈِج میسر۔تھنٛد بن ارمانن تہٕ آشَن یِیہٕ نوٗو بہار۔توہہ روٗزِ نہٕ کُنہِ چیزٕچ وبژھےٚ۔پتمبن دوٗن الیکشنَن اوٕسُس بہہ بیمَن ماتحت۔لہذا أگیم کُنہِ کُنہِ وعادہٕ خلأفی۔از چھس بہہ پنٕہنٛہٕ ''بے خوف پارٹی'' ہنٛدِ خأطرٕ دامَن گدأ ی کٔرِتھ ووٹ منگان۔توہہ دِیو ووٹ۔اَسہِ یِیہٕ اکثرٕیَت۔أسۍ بناوو حکوٗمت۔توہہ ژلہٕ راوِہو سأری غم تہٕ غوسہٕ۔توہہ چھُ فقط سأنِس چُناوِ نِشانَس آیہٕ بٹَن دباوُن۔باقے پٔشرأوو خودایَس۔

لوٗ گو أکۍ سُسرِ گُسرِ گرٕ نہٕ سےٚ ژوٗل أشِ بٔھ نیٖرِتھ۔ژلہٕ ہم نا سےٚ اوس مرٕژ وانگنَن پھیکھ أچھَن ڈٲچھو۔ییہٕ اوس سےٚ ''سمجھدار پارٹی ہنٛدِس لیڈرَس نِش ہوٚ چھمُت۔لوٗگن آو سےٚ پتھ عار۔تموٚتل نارِ دِیِ دِیِ جلسہٕ گاہ الہٕ کنگن۔بہہ اوٕسُس سورٕ وٗی ژرژان۔سونچان چھس لگیا خودایا سکیم گیہٕ ازتہٕ فِٹ۔نفرا کھ اوس بٔڈ ہتہِ زندہ باد، لیڈر ہمارا، نارہٕ دِوان۔أمہِ شورٕ ستی گوٚس بہہ ہوٚشیار۔اورٕ یورٕ چھُس أچھَن موٗرَن دِتھ وُچھان۔نکلی أسۍ گیمو۔بہہ اوٕسُس گُمہٕ سٕری گومُت۔

☆☆☆☆☆

# حُسنِ غم خار

تھَنہٕ اوس اَز سَکھ باثبر ہو مُت ۔ گرٕ واتہٕ وُنوی وُنن گرٕ واجنہٕ ،یمِ بیڈَس پیٹھ ڈاف اوس ترٛ اَو مُت زَنتہٕ حاتُمن طَے گٔرِتھ آمُت ، ’’مےٚ گوژھ گم مُدریر مگر اٲل تہٕ دالچینیٛ ترٛ اَوِتھ ، قہوٕ گپ بنٲوِتھ‘‘ سہ ؤژھ باثبر پٮ۪ٹھ تہٕ جل جل اُوٗنن رٕکچنہٕ منٛز قہوٕ گپ تہٕ تھٲوُنس بروٚنٹھہٕ کنہِ ۔ مگر تھَنہٕ اوٗس گُمہٕ ژٔری گوٗمُت ۔ گرمہٕ ستی نہٕ بلکہِ کیاہ تام دٕلیل اَس ۔

اُمسٕنز گرٕ واجنیٛ آیہٕ نلکہٕ تلہٕ اتھہٕ بُتھ چھٔلِتھ تہٕ ٹھوکر کُٹھِس منٛز دیوی پرنام کٔرِتھ اُنجی برتھاہَس تھَلہِ تھَلہِ وُوچھنہِ ۔ تُمۍ اَس چائے موٚکلاوِتھ تہٕ سہٕ اوس لَرترٛ اَوِتھ ، زَنتہٕ گوٚتَن گوٗمُت ۔ سہٕ جِگر گٔرِتھ پرٛژھنَس ’’آخر دلیل کیاہ چھِ

ژٕ کۄنہٕ گَتھ کران۔ چانٛین بخیلَن چھارٕ ژرٕ ے" تھٲنٛ دِوت بُتھس اَتھٕ تہٕ لوٗگُس
سأرۍ وَرتاتھ وٕہشناونہٕ "سأنِس صاحبَس اَسی اَز میٖٹنٛگ۔ سہٕ دزاو باہہٕ
بجہٕ۔ دَفترَس منٛز یوٚسہٕ Steno نۆ نۆو آمُت چھےٚ سہٕ ینٛین ستی یتھ زَن مینٛگہٕ
ہنٛدۍ Minutes نوٚٹ گرِ۔"۔ "اَتھ منٛز کیاہ چھےٚ باثبرٕ نچ گَتھ۔ یُس نوکری
گَرنہٕ دزاوتَس کیاہ چھُ صاحبَس ستی میٹنٛگِ کھوژُن۔ یٔلہٕ بَستہٕ لاگِو تیلہٕ چھا
کھکھرایہٕ کھوژُن۔" مےٚ گیاوفرٕٹھ خبر اؤرٕ یۄرٕ چھا وارئے۔ گوڈٕ تورنہٕ میہٕ
زانٛہہ فِکرِ ژٕبے کیازِ دَفترِچ، صاحبَن، باقیٖن مُلازمَن ہنٛز پیٹھ فِکر۔ گرٕ کھوٚربن
آسہٕ ہگھ یۄتاہ زانٛہہ سَنان۔ ماجہٕ بیچارِ ووٚتُم وٕرِی ہیتھ دِلہٕ منٛز پی تہٕ پی کران یۄر
ینہٕ خأطرٕ۔ اَدٕ ژٕبے چھےٚ نہٕ زانٛہہ دَفترٕ فُرصتھ۔ مےٚ زَن یہاکھ تۄرٕ ستی۔ وُمیر
وأژگرِ پیٹھہٕ دَفترٕ دَفترٕ پیٹھہٕ گرٕ ینٛز کران۔" تہٕ دزایہٕ یٔل دِتھ گمہٕ تام آیہٕ۔

تھنہٕ اوس ووٚنہٕ وِشارأ ژَن منٛز۔ سہٕ اوس سۄنچان گرٕ واجنٛی گمہٕ
چانٛہٕ وَنہٕ اصلی گَتھ۔ صاحبَس ستی نۆوِ Steno ہُنٛد میٖٹنٛگِ گژھنگ نائے چھُم
غم۔ مگر گَتھ چھِ بَدل۔ سأنِس صاحبَس چھُ ظاہر اتھٕگہٕ ہچِن رَس ہوٚمُت۔ تَس چھُ
أچھَن پچہٕ فیور گوٚمُت۔ سہٕ بے منٛدَچھ چھُ سِٹیلک بُتھ گرِتھ سوٗرِ
نبھاوان۔ سأریے دَفترَس چھِ فِکری سہٕ گوژھنہٕ اَمِس تہٕ کانٛہہ شِکٲیت تارُکھ ہاوِتھ ناوِ
والُن۔ اَکھ ژٕٹہٕ سُم ساس گژھِ کوٚلہٕ۔ اَسی سأری دَفترٕ کِی گژھو بدنام تہٕ بزگار۔ مگر

تھنہٕ اوس گرٕ واجنؠ ہُنٛد کلام بوٗزِتھ یہِ ڈٕیُزِ تہٕ ہے بُنٛگ گوٗمُت۔ سہٕ اوس اکہٕ بالہٕ کھسان تہٕ بیہٕ بالہٕ وَسان۔ تَس اوس تِمس کوٗرِ ہُنٛد یاوُن نظرِ تل۔ سوٗنچان اوس صاحب گوژھنہٕ کانٛہہ وولٕٹہٕ قدم تُلتھ تَس بچارِ واوِ گلبن لاگُن۔

تھٔنٛ صاحب اوس اکھ بیوروکریٹ یَس نو ٹھس ژوٗنگ اوس دزان۔ ساسہٕ بٔدی گپلہٕ کٔرِتھ تہٕ اوس پَنٛنہِ دوہہ شوٗنٛٹھ ہیو کڈان۔ زانہٕ دِیٔیہ کمہٕ ژھلہٕ اوس پانہٕ ناوان۔ سأری آسی دپان اُمس چھُ سیکٹریٹہٕ کُستام دایک یُس اُمس وِزِ وِزِ ٹھوٗپس لگنہٕ نِشہِ بچاوان چھُ۔ مگر تھٔنس آسی اَز صُبحس مُتعلق بدلے بدلٕےٕ توٗ گراتھ ووتھان۔ تَس اوس اَز دال میں کالا باسان۔

شامن بسترٕس منٛز اَژِتھ رأو تھٔنس آرام۔ یٔتھہٕ تتھہٕ پِیَس نینٛدر۔ اَماسوٗ پَنٛس منٛز وچھن صاحب زَنتہٕ Steno کوٗرِ ستیٖ لٔگِن کٔرِتھ ہنی موٗن مناونہِ نیران۔ نیرنہٕ بروٗنٛہہ دفترکین مُلازمن پارٹی دِوان۔ اَتہٕ زَن نارٕچ ہش کرٔ یکھ۔ البتہٕ سینیر افسر زَنتہٕ خوش۔ اَتھی ستیٖ گوٗ تھنہٕ ہُوشارٕ منٛزِ نینٛدرِ۔ شانٛدرس نِش اوٗسُس ترٕیشہِ گُڈھا۔ یہِ نیٖوٗن چیٖتھ۔ سِگریٹھاز ولٕن تہٕ تکیَس ستیٖ ڈوکھ دِتھ سوٗنٛچُن مےٚ کیاہ سناوُ چھُ۔

صُبحن ووٗت اخبار۔ اَتھ اوس ہیڈ لاینہِ منٛز لیکھِتھ۔ اَکی بٔڈی افسرَن دِیوٗت سبٹھا فراخدلی ہُنٛد شبوٗت۔ اَتہٕ ہوٗر آسنہٕ باوجوٗد کوٗر تِمی اَکس ترٚشہِ

لڑکی ہستی خاندٲنی ریسہٕ شیہ رٕہتھ برونٛہہ موٗنڈی اُس سپُز مژ۔ أتھی گٔتھہِ پێٹھ چھہِ سأری لۄکھ تَس مُٹھہِ مُٹھہِ دِوان۔ تھٔنَس گوٗ اخبارٕچ خبر پٔرِتھ أندرِم شاہہٕ اندرتہٕ نٮ۪برِم بٕنبر۔ أچھن موٗر موٗر دِژ دِژ پٔرن خبر وارِیاہہ ژِرِ۔ دَفتر وأتتھ پرٛؤژھُن چپرأسِس، یُس صاحب ہٕندِس کمرس نٮ۪بر گنہِ ٹوٗلَس پێٹھ زِپہٕ اوس کران صاحب چھا اندر۔ چپرأسی وۄنُس زَنتہٕ بیخودی منز ''أواہ'' تھَنہٕ ژادصاحبَس نِش گُلی گٔنڈِتھ تہٕ کھۄرَن اتھہٕ لأرِتھ وۄنہٕ نَس ''مے مہارا گژھہِ معأفی دِنٕی۔ راتھ بۄُک مے گرِ توہہِ خلاف وارِیاہ کینٛہہ۔۔۔۔ مگر توہہ چھہٕ پزی پأٹھی پۄزایہ لایَق۔ یہٕ گرِ توہہ تھسکٔنی لایکھ کأم۔''



# پیاوَل زیو

"پیر صاَب توہہ کوّت چھُ وُنکین پروگرام" غفارَن پروژھ ہگہٕ پیرَس۔ پیر اوس گُرِس پیٹھ۔ سہٕ وۄتھُس اتھہٕ ستی ہاوِتھ "بونہٕ پۄرِ چھُ رٕژمس نِش سال"۔ "ہتہٕ ہز سۄن چھُکھ نہٕ زانہہ یۄان" غفارَن وۄنُس گمہِ تام ہٹہِ۔ پیر وۄتھ گُرِ پیٹھہٕ بۄن۔ گُرسٕنز لاگم چھُس اَتھس مٕنزٕ تہٕ چھُ غفارَنس آنگنَس کُن اَژان۔ "اَدِ سہٕ بۄنِ پۄر گوٚڈہٕ شامَن۔ چلو اَز کرہوٚتھ ژٕ ژ خوش۔ ژھہندی کھیمَو بتہٕ۔ اَچھا یہٕ گُرِ گژھ کُن تھاوَن بہٕ گنڈِتھ"

"وَلہٕ ہز تھاوُن میانِہ پیاوَل زیوِ۔ یتھ نہٕ مازرَتھ تُجی کرِ ژٕ" غفارَن وۄن کَٹہٕ اَچھ کرِتھ پیر صاَبَس کُن۔



# سیل

اَخبار رَٹتھ دِژ میے اَتھ ورنڈہس پیٹھ وارٕ دِنَن۔ سارِے ورق پھِرِتھ ووٗتُم تہٕ ہیوٗتُم اَندراَژُن۔ تام دِژ دیوار پیٹھ شام جیٖن کرکھ ہَتہٕ مہراژوٗ چھِہ ورِمنز گس دراوانز تہٕ ووٗثی نیرِ اَخبارہ منٛزٕ۔ میے لوٗگ کلِس ڈول تہٕ گُش دِتھ ژاس اَندر۔ سونچان چھس اَمِس ہمسایس کِتہٕ تارہ فِکرِ بہٕ کیازِ اوٗسس اَخبارٕ دنان۔ پتمہِ ہفتہٕ گو مےٗ وشفِ اخبارس گیم اَمہِ منزہ ووٗپر کاکد پرچہِ نیبر کڈٕنج فرٛش۔ اَدٕہ پتم ہفتہٕ دراوِیہ دَپِزٕ تہٕ پنڈی۔

ہفتہِ کِس ہفتس أَہم بار یایٹل ٹارِوٗ چھان۔ نِکَن سکولُک ٹیسٹ آووسیلہ نَتہٕ آسہِ ہےسہٕ دول دنِتھ مالیوٗن واٗ ژہرٕ تہٕ میے آسہ ہَن ٹینڈ ددِمت تہٕ نَم گلیمت۔ اَزگل چھپےٚ یمَن اَخبارَن منز ووپرَ کاکد ورق کالہ پگاہ ژپھ دِتھ آسان۔ اِنسان دَپان اَخبارٕےٚ گوٗڈھ تھف ٹُلَن تہٕ یمَن اِشتہارَن کیاہ گرو۔ خیر اِنسان دِیا نارس نَرِ۔ اَخبار پرٛنس ستی ستی چھس اِشتہارَن ہُند زہرتہِ منزٕ منزٕ نینگلاوُن پیوان۔ پتمہِ ہفتہ دراوسانہِ اخبارٕ منزٕ تہٕ اَکھ اِشتہار۔ دَپویہ اوس اِشتہار

گَم پٔہَن دونٛکھہٕ دونٛکھے ہُند سوٗچ آن گژھنٛگ بہانہ زیادہ۔ ویسے چھِ میانہِ گرہ واجِنہِ اَخبارس منٛز خَبر پرنہ کھوتہٕ "رُدُکُس تہٕ موٗدُکُس" کالَم پرٛنٛس گُن زیادہ پریتی۔ سأنی ہمسایَن کور اَتھ اخبارس "ڈٔہم دوہ اخبار" ناو تہٕ کرُن اخبار رٔٹُن بند۔ دراصلٕ اسی مے اخبارس مُتلق گتھ گرٛژی۔ اَتھ اوس لیکھتھ جانی پور چھپے ساڑین ہٕنز سیل لگمیٖژ۔ بوڑ دوہہ نزدیکھ آسنہ کِن چھپے سیٹھا چھوٗٹ۔ حالانکہِ رٔیتھ اوس ژھوٚکیو مُت تنخواہ ٹانٛکی آس اَتھس ژنڈ دِتھ گامٕتی۔ مگر اِشتہار پرِتھ اوس باریاہِ ساڑِ جوراانہِ نچ کل درامٕژ۔ بہ گُس اوسُس نکار کرَن وول۔

فورَن کرُن فون تہٕ بہن جی آیہِ بُلاونہٕ۔ پنہٕ نِس فونَس تہٕ وُچھی مے عجیب کَسر۔ یلہِ تہٕ مٕہے کانسہِ یارس دوستس کانہہ اہم گتھ چھپے آسان وَنٕنی یہٕ چھُ نہ اپُز پُز جوابٕ ونان۔ یلہِ زیادہ کھٔن کھٔن کرہوس تیلہِ وَنان کرپیا تھوڑی دیر بعد ڈائل کریں۔ اِس وقت ساری لائنیں ویستھ ہیں۔ نتہٕ ونان مہربانی کرکے نمبر پھر سے چیک کریں"۔ مگر اَمہٕ وِزِ گوٚ زنتہٕ گوڈنچہ لٹہِ فون زِندہ۔ اعٕی لوگ گرزُن۔ بہہ دِوان نارس نرٛاز چھُ اَتھہ تنگ۔ مگر گُس مانٛہے۔ کو کرس اَسی گُنی زنگ۔ بہ اَجہِ لیکہِ اِشتہار والین تہٕ اَجہِ تھوکہِ اِشتہار سأنٛس اَخبارس منٛز تھاوَن والین لایان۔ مگر یہ سوری فضوٗل۔ کینہہ روپیہ آسہ بجلی فیس برٛنہٕ خاطرٕ تھاوِمٕژ۔ مگر بجلی محکمٕک کلارک نہ میلنہ کِنی اوس یہ رَقم گرسٕہے منز۔ دپوٚ زنتہٕ درایہ لاٹری سہ تہٕ

ٹِکٹ ژٹنئے ۔ میانس نکارس لوگ تھوٚپ تہٕ سہٕ دراےٚ بہن جی ستی بازر۔

بہٕ دراس دفتر مگر سونچان چھس اَمِس بچارِکیاہ تقصیر چھُ ۔ مےٚ گر کوٚر امی سُند کانہہ شوق پوٗرٕ ۔ دوہےٚ اوس گرا راد زیٹھان تہٕ گرا ہوٗنز ژھوٹان ۔ ووٚنۍ اَگر ساڑِ جوراَنہِ تہٕ ناکارٕ کیا چھُ ۔ مگر ہوپاُرۍ چھس سونچان گرٕ خرچس رِکتھہٕ پاٗٹھۍ لگہِ اَند بوٚر ۔ اندرۍ اندرۍ اوسُس بوٚ ڈجمع کران ۔ مگر اَتہٕ اوس شوٚشَس تہِ پُشئے پیوان ۔ خیر اِتھہٕ تتھہٕ یہٕ خیال یک طرف ترأوِتھ لوٚگ میہ دفتر رِکس کامہِ کارس کُن اتھہٕ ۔

شامنس گرٕ واٗتتھ باسیوم گرٕ واجنِ اَڈۍ پوٚرۍ تراوان ۔ اَمہِ ڈیکہ بجہِ آسہ ساڑِ جورانفیس انہِ نمٕرہ تہٕ اَکہِ اَتھہِ لِفافہٕ پکہٕ ناوان تہٕ دویمہِ اَتھہٕ چایہٕ کپ ۔ تام گیہٕ گیٹس پیٹھ بیل ۔ نِکہٕ دراو جَل جَل وُچھنہِ ۔ اورہٕ ژاو واپس تہٕ اِڈٕ گجہِ زبأنۍ وُنن یہ چھُ بجلی محکمُک کلارک ۔ میٚے ووٗن باریاےٚ مَتھ چھُم گژھان اَمہِ ساڑِ ستی ژھنہٕ ہاٹس شروٗک ۔ سہٕ وژھ میٚے دِزِ گوڈٕ یمن نِکنِس وٕہرٕ وأدِس پیٹھ اَنگ دِنہٕ ۔ بہٕ کٔڈٕ طمع پتہٕ یہٕ خوش گژھی تہِ کرِوتہٕ ۔ یہ جواب بوٗزِتھ گوس بہٕ ہے بنگ



## وانجہ دادِس روہنہٕ ژیوٚٹ

بہ دراس گرِ باشِرٕ ہوٚت۔ تہٕ تتھوٗے گیٹَس پیٹھ ووٗتُس آشنہٕ دِژ اندرٕ پیٹھٕ کریکھ۔ ''یُتھ نہ اَز تہ واشنگ مشین اَنِس کانہہ حیلہ ہیے پو۔ یمَن زالین چھَم أدرٕ کھَل گأمژ۔ مۓ تھوو پرٚسَس منز گاقی رقَم تہٕ توہہِ گژھنہٕ ریتہ کس خرچس کانہہ پَرٕ گی۔ مگر سُلِی پہَن سوٗزودوہلی سندھیاڈٕلتھ نہ کینْہہ۔

مۓ کور گیٹس کُنڈٕ تہٕ اَمِس آنکار کرِتھ دراس قدم تیز تیز تُلِتھ تہٕ سونچان چھُس اماسنا امہِ گتہٕ أنی باقی پوٚنسہ۔ مۓ اوس سوٚنچمُت یُتھے جی۔ پی فنڈ نیرِ گوڈ نک خرچہٕ کر واشنگ مِشینہٕ پیٹھۓ۔ مگر جی۔ پی فنڈ أز کہِ وقتہٕ کڈُن گوٗ کاو سِنزِ تونتہِ منزٕ سونہٕ فوٚل کڈُن۔ سِٹاپس وااِتھ کھوٚتُس اوٚر لوڈِس منز میٹا ڈوٚرَس۔ اَتھ أس ژیلہٕ ژرٛیُٹ۔ کنڈکٹر اوس ''نال نال'' ''کنے کنے'' وٕنی وٕنی زَنتہ مغربی موسقی ہندی اِنزأنی، سُر تہ تال بوٚزٕ ناوان۔ بہ اوٗسُس سوٚنچان اما میانہِ آشنہِ

کیازِ وون مِئبے سُلی واشنگ مشین سوزِنۍ شاید ما چھُس ہمسایَن تیر پھاٹہ ناوُنۍ۔ ہوپارٕ اوسُس سوچان بہٕ تہٕ کوتاہ شکس لد چھُس یم چیز چھِ از کل گرن منز عام۔ ووٚنۍ گوو بہٕ اوسُس اتھہٕ ژھوچر کٔنی واشنگ مشین انہٕ نس کاہل تباہی ونان۔ مگر پتہٕ ییلہٕ اَمی سندین زالین ہنزا درہ کھَل نظرَن تل اُسم یوان میتہٕ اوس کیاہ تام گژھان۔

خاَر میٹا ڈورس منز ڈنڈَس تھف کرِتھ منزی منزِ الہٕ گگوٗس چیتھ، منزٕ اکسے زنگہٕ پیٹھ کھڑ ارؤ زِتھ ییم سَتھ زنم یاد۔ سوچان چھُس واشنگ مشین تھاو تہٕ اَتی چھُنا صلح بشانِ جَم اکھ سیکنڈ ہینڈ سکوٹر کھنڈا ہِتھ تہٕ شامَن وَنہٕ آشنہٕ گیٹس اَژوٗن از کور مئِبے بدل سودا۔ مگر دِلن موٗنم نہ سوٗنچم سہٕ ڈیکہ بڈٕ آسہٕ واشنگ مشینہٕ ہندِس واتنس پیٹھ خبر کَم کَم وَرِدَ گان۔ اگر نہ بہٕ از تہٕ انہٕ سہٕ گو وِشواس گاتھ۔ یمو پاپو موکلُن چھُ دَشوار۔ تِتھ چھُ بھگوان تہٕ بیزار۔ لہازا پزٕ مئے واشنگ مشینے اَنُن۔ یِتھہ تِتھہ ووتُس بہہ اڈس پیٹھ۔ میٹاڈورٕ منزٕ بوٚن وَستھ زن زاس نوٗ و ماجہٕ۔ پانَس دَنِ دِتھ تہٕ قدم تیز تیز تُلِتھ ووتُس ڈیلرس نِش مئے سوٗنچ امِس کرٕ پوٗنسہٕ حوالہ تہٕ سہٕ کرِ سوٗن واشنگ مشین روانہٕ۔ ووٚنۍ کِتھ چھُم گوڈٕ دفتر واتُن تہٕ صاحبہ سِندِس موٗڈس آویز روٗزِتھ حاضری کرِتھ پوٗت کھورِ نیرُن۔ شامن اگر پانَس ژیر تہٕ لگیم آشنہٕ ژلہ مشینہٕ ہنز فکر۔ بہٕ ووتُس ڈیلرس نِش تہٕ کرسی پیٹھ بہتھ انہ

ناوتھ کولڈ ڈرنک۔ مےٚ زوٚن پرٛتھ کھیوکُر پننہِ کھیوٚن مَریک۔ یَم پۆنسہٕ تہٕ چھِ مےٚ بزن۔ بوتل چیتھ تہٕ کوٗنکھ رٹتھو وُنَمس واشِنگ مشین گرہ سوزنچ کتھ۔ مےٚ ترٲو بے وایہِ پتلونکس پتَمس چندَس اتھ۔ اَتھ لۆگ استر منزی تنہِ ستی۔ مےٚ گو پتم شاہ پتھ تہٕ بروٚنھم برونہہ کُن۔ چندٕ ژوٗرَن اَسی کامہِ ہَن بڑٕ صفائی سان اندواتہٕ ناومُت تہٕ اوسنس خاکس پیٹھ بیہہِ نوومُت۔ مےٚ زَن آووٗتار۔ ڈیلرَن دیوٗت مےٚ تسلا مگر مےٚ اَسی وانجہِ رتھ چھوان۔ سوٗنچان چھُس اَمِس چندٕ ژوٗرَس تہٕ آسائی اَتھہِ۔ آسمانہٕ ژٕتھ بلاے تہٕ سہ تہٕ پیہہِ غریبَس پیٹھ۔ یہٕ وُچھتھ ووٗن ڈیلرَن فکر چھہِ واشِنگ مشین سوزو۔ تُہہٕ برٕی توقسطن منز قیمتھ۔ مےٚ کھُژ وانج بوٗتھ تہٕ مےٚ کوٗرس کلہٕ ستی آنکار۔ زیوٚ اوسم لوکھر گومُت۔ ڈیلرَن سوٗز مشین سوٗن تہٕ یہٕ گوٗس دفتر۔ سأری دوہس رووٚم قرار۔ گرِ پیٹھ ڈیلرَس تام واتنَگ سین اوسم پھیری پھیری اچھن تل یوان۔

شامنس گرِ واتتھ وُچھم آشنی اَڈی پوٗری تراوان۔ واشِنگ مشین اَس گرِ واژمُت تہٕ سارِوے پلوٚ و برونہہ اُوس شوٗتھ سندِ چندَس ڈرائے کلین سپدمُت۔ اِمہِ واقہٕ پتہٕ اکہِ ہفتہٕ آو ڈاکہِ ووٗل اکھ بے رنگ لفافہٕ ہتھ۔ مےٚ کھوٗل لفافہٕ۔ اَتھ منز اَسی تم سأری ضروٗری کاغذات یِم تَتھ پرسس منز اَس یُس چندٕ ژوٗرن نیومُت اوس تہٕ ستی اَس اَکھ نفیس تہٕ خوش خطَس منز یہٕ

چھِ۔

"بہ چھُس تُہند سیٹھا شُکُر گُزار۔ تُہندِ پتلوٗن چھےٚ مٔنزٕ پٔرِس کڈٕنس گییہٕ نٕہٕ مےٚ کینہہ دِقتھ۔ تُہنٛد سئٹر چھُ قابلہِ دادمیٚیبےٚ چھےٚ اکٔرلوٗکن ہندچھےٚ ژٹنٕہ وِزِ پانٕس اوٚنگجِن کھش وسان۔ مگر تُہندی چھےٚدَن کوٗرس سیٹھا شرمنٛدٕ۔ پیٹھٕ اُسی نوی گر گرکرِوٕنی نوٹ۔ آہاہاہا۔۔ بھگوان دِی نوٚ صبر تہٕ ہِمتھ۔ سأرِی کاغذات چھُس بہٕ واپس سوزان۔ دہہ روپیٚن نوٹ ووچھتھ گژھ زیونہٕ حأران۔ یہ چھُ ڈاک خرچ بے رنگ لِفافُک۔ اُخرمرُن چھُم نا۔ وَیس نِش گُس جواب دِمہٕ......

تُہند مشکوٗر

چندہ ژوٗر"

آشنی چھم پرژھان یہِ کٔمہ چِٹھی۔ بہٕ گمہِ ہٹہِ باوہاتس اصلی سِر۔ چھٔکی ژٹان تہٕ ڈسٹ بِنس منٛز تراوان ووٚنمس۔ "یہ اس نہٕ چِٹھی بلکہ" وانجہِ دأدِس روہنہٕ ژیوٗٹ"



# ہشر

ہوٹلس منز تمسِندس کمرس منز اژِتھ ییلہِ میٚے تَس پروژھ "ژِ کیا

سَہ چھکھ لوٗکن وَنان ییلہِ ژِ Fish Palm زرنڈَس پَنہٕ لَنجہِ ژٹان چھکھ" تم

ترٲ واَسُناتہ ووٚنُن "بہ چھسکھ دِپان ہستِس چھُم تراوُن"

یہ اوس یمے لَنجہِ بمبیہ سوٗزِتھ پَٹُن اوز کہٕ کماوان ۔ یمَن پننہٕ لَنجن

اُسی پوٚشہٕ کارٕ بار کرَن والی پوٚشَن ہتی سجاوِتھ، الگ الگ قسم پوٚشہِ گونڈی بناوِتھ

کنٕان ۔ بہٕ کوٚرُس تمی لاجواب ییلہِ تمی میٚے اکس کاغذ پرچس پیٹھ یہِ گتھ گنڈ زبانٕ

منز لیکھناوِمژ ہاوی ۔ ووٚنُن اگر کانہہ ہندی انگریزی زانان آسہِ نہٕ تِمن چھس یہ

کاغذ ہاوان ۔ تم چھِ دَپان ژھٹھ ژھٹھ لَنجہِ اٲخرِ ہوٗس ہے گنیش بابا چھُ۔

میٚے پروژھس "کانہہ ماچھی دَپان ہوٗس گتہِ چھے" تم وُون

"ویسے گتہِ چھِ لوٗکن تیژ چیٖٹ ۔ہاں کانہہ اگر ونہِ تہِ تَس چھس دَپان اَکس دوٗن

دوٚہن تام واتہِ پوٚر ۔ پتہ کیوتھ تہ گتوٗک" میٚے سونچ بانڈٕ پاتھرٕ کی مَسکھرَن

ووٗن، پوٚز یڈٔ نے آسہِ ہَم بچھ بچھ کھیمہا ۔ یہ یڈٔ کیاہ کیاہ چھِ کرناوان ۔ مگر تیوٚت کرِتھ

تہٕ اوس سُہ سبٹھا جان اِنسان۔ سُہ گو سبٹھا خوش ییلہِ مێٚ وُنُس Drink چھُس نہ کران۔ سُہ وُوتھ "بہٕ تہٕ کتہِ اوسُس کران۔ مگر زنان چھُم بیمار۔ مالیوٗن چھِ گیمُژ۔ مێٚ دِژاس نہٕ گژھنہٕ۔ مگر زنان مَنٛنۍ گو ہوٚس مَتُن۔" "یِس کیٛوٗت ژٕ پَن ساران چھُکھ" گتھ ژٹان ووٚنمَس۔ تَس ژول ٹھاہ ٹھاہ کران اَسُن نیرِتھ۔ "تَس ووت واریاہ کال ہیتھ بیمار" سُہ رۄٚ دونان۔

"خبرِ گوہس نازانہٕ" مێٚ پرۄژھُس ہمدردی سان۔ "گژھہٕ کوٚت۔ مێٚ ووت واریاہ کال ہووٚ رِکس برَس اژنَس" تم ووٚن درجواب اَمی چھُس منزِ منزِ ڈرنک کران۔ بہٕ زانہٕ نہٕ گرس منٛز ڈرنک گرٕن، سگریٹ یا بیڑی چون۔ مگر گرٕ دۄٚ ریتہِ چھُس مجبور" مێٚ آوتَس پیٹھ عار۔ سوٗنچان رۄٚ دُس اکھ غریب اِنسان کیاہ چھُ غٔم دفاۓ خاطرٕ اللہ لندٕ مٕن تھپہٕ دِوان۔ یُس شخص نہ کالہٕ بَس بب ونان سُے چھُ مصیبتَس منٛز کوکرین تہِ بَب دِپان۔ بہٕ رۄٚ دُس سونچان تہٕ سُہ اوس سِگریٹس دام دٕم دِوان۔

اچانک گو تھود وۄتھتھ تہٕ وُنُن "ژے خاطرٕ اَنہٕ کولڈ ڈرنک" مێٚ وِژس نَرِتھف تہٕ پتھر بہناوان ووٚنمَس "مێٚ کور ووٚنۍ ڈِنر۔ بہٕ نیرٕ وَنۍ گرٕ ژٕ آرام۔ صُبحُن چھِ ہستِس کیٛوٗت پَن ژھارُن" یہ گتھ ہۄٚ زِتھ آوتَس اَسُن۔ ووٚنُن مێٚ ہیے چھُ ژے ہستی گتھ گرنَس مزٕ یوان۔ تہٕ ہۄٚس لۄٚتان۔ لہاظہ بہٕ تام" بہٕ ہیوٚ ٹھوٚس

کُرسی پێٹھ بیہ۔ سہ رُوٗ دوناں ''بمبئیہ چھِنہ پزٕ پاٗٹھی تھا پرتہ مُفت میلان۔ یِتہٕ چھُ تا بہ ھال ماجہِ بتہٕ۔ لڑائی جھگڑٕ نہ سپدان، کانہہ نہ کانٛسہِ سنان۔ ساٗری پنہٕنہٕ ہونجہِ گاسہ کھیوان''۔ ''صِرف چھُکھ ژٕ ئےیوٗت ہستِس پَن آپراوان'' مےٚ بہ دِژُس زیرِ ہش۔ میانہِ گتھِ ٕستی گوٗ نہٕ سہ سنجیدہ کینہہ۔ البتہٕ اُچھن منز باسیوٗم تَس بے گسی تہٕ کسمپُرسی ہُندا کھ اتھاہ سمندر۔ یِتھ زَن میانہِ گتھِ سیت جوار بھاٹا پید سپُد۔

مےٚ فیور سکھ۔ مےٚ ماپزٕ ہے نہ یہ گتھ وُنکین گرٕژی۔ بچارٕ شُر باٗژ پہتر اونہ با پَتھ چھہِ گران میاٗنی پاٗٹھیٚ ماچھُ لوٗگن نبتھ ہیوان۔ یِتھ کامہِ سرکار ریتہٕ روپیہ رَقم تنخاہ رنگہِ دِوان چھم سہ کاٗم ماچھس رشوہ وراٗے ہرٕ گز تہٕ کران۔ سہ اگر لوٗگن ہنٛدبن زرنٛدٕن پَنہٕ لنجہِ واٗلِتھ ہستِس دِنہٕ بجایہ پوشہٕ باپارین گُنان چھُ لوٗگن چھُنہ امسندِ پَنہ لنجہ ژٕٹنہٕ ٕستی کانہہ نوقصان گژھان، میانہِ رشوہ رَٹنہٕ ٕستی کاٗتیاہن لوٗگن آسہِ گرِ بجٹ گراھو ژٕوتہٕ گرارادٕ زیٹھان۔ پاٗنس مطلق سوٗنچ مےٚ واریاہ کینہہ تھےٚ پاٗٹھی تہٕ مےٚ آووُ تار ہیوٗ۔ مےٚ گیہ پٔنٛنی سکھ نفرتھ۔ تہٕ باسیوم پٔنٛن پان امس نِش سبٹھا وسِس پایہ۔ کُرسی پێٹھ اُستھ تہ اوُسس زن رسیہ اُلس پێٹھ۔ ساٗری سبےٚ کرٕمتِس لوٗگمِ فیور۔ تہٕ گوٗس یکدم تھود وٕ تھ۔ پنہٕنس کمرٕس منز اُژِتھ دیوتُم بیڈس پێٹھ پان داٗرِتھ۔ تہٕ گوٗس زنتہٕ بے خود۔

☆☆☆☆☆

# سُوچھٕنج

تمِس پروژھ شُریو نیرنہٕ برونہہ آیاتَس کوٚتاہ سامانہٕ چھُ تہٕ تمہِ تھُوا سوٗرِی گنٛڈِتھ۔ یُتھ نہٕ نیرنہٕ وقتہٕ کانہہ چیز مشِتھ گوٚھبس پتہٕ لاگہِ تتہِ ٹھائٔژ۔ تمسُند آنکار بوٗزِتھ گیہٕ دوشوَۓ بارِنٛز پٔژن پٔژن سامانہٕ گنٛڈنہٕ باپتھ کمرَن منٛز۔ سہٕ روٗد ہانٛگل ہیوٗ وُچھان، وَنان نہ کیہنہ۔ شاید اوس منہٕ منٛزی اکہِ بالہٕ وَسان تہٕ بیہٕ بالہ کھسان۔ وُمبرِ ہنٛز اَرزَتھ آسس سونبراونٕژ تہٕ پتہٕ گنٛڈٕنٕژ۔ ووٚن اگر شُرین ہنٛزِ ماجہِ، سورگہٕ واسنٕز زِندہ آسہِ ہے، تیلہِ چھُ ممکِن یوٗت کم ہمتھ ما گوٚھہِ ہے نہٕ۔ مگر تَس آسِ گیمت زٕ وریِ آوَرن کڈان۔ سہٕ اوس وشارتَن منٛز اندرِی اندرِی ژندر گوٚم ووتمُت۔ تام کوٚرُس بنٛتَن آلو تہٕ لالہٕ صأب گو زنتہٕ مرٕ نیندرِ ہُشار۔ بنٛژہٕ کھوٗتُس کھونہِ تہٕ ہونگنہِ اتھہٕ فِر نأوِتھ ووٚنہٕ نَس ''نأرلہٕ تہٕ تمٲکِ ڈبہٕ

تُلکھ ناءستی؛

نیرنچ کتھ بوٗزِتھ گوٚ لالہٕ صأب زنتہٕ غوتَن۔تَس پیوٚسہٕ دوٚہہ یاد

ییلہِ ملہٕ ماس بھانہٕ ماسَس منز تمِ دوشوَے بأژ مٹَن شرادھ ہاونہِ گیایہ تہٕ

ٹھأنٹھرِس نش واتِتھ گیایَس بأریاہوٚمہِ یِمہِ بدلہٕ نأرلہٕ ہیٚنَس دوده شُری سِنڈ پأٹھی

اَگادِ۔تَس پیاو نأرلہِ ہیوٗن۔تِمس آیہٕ سأری واقہٕ زنتہٕ فِلمہِ ریلہِ ہندِ پأٹھی

اچھَن تل۔تِسند صوبھاے براندفش دِتھ نأرلَس پوٚن برُن،صاف أنہٕ ہیوٚ

تھاوُن۔تورکہٕ چھأنی نے دَجہٕ ستی صاف کرٕنی تہٕ تمأ کِ ڈبس کالُک تمأ کِ گُل دِتھ

صاف کرُن۔یِمن کتھن کُن گوٚ ازتَس یژ کاٗلی ظوٗن۔بٹہٕ اوٚس بڈُی بَبَس تھلہِ

تھلہِ وُچھان مگرونان نہٕ کینہہ۔تام آیَس مأجی تہٕ سہٕ گوٚ کوچھِ منزٕ ہکہٕ وِتھ۔لالہٕ

صأب اوس وُشہِ تہٕ اوٚرنہٕ یوٚر۔

بأرِنی زٕ أسی سامانہٕ گنڈان تہٕ شُری أسِکھ گراا کھ چیز تہٕ گرابیا کھ

چیز کھوٚ تیومنزٕ کڈی کڈی اَنِتھ دِوان۔تِمن أس یِئرٕ وژہمژ۔شُرین أس عجیب

خوشی۔زنتہٕ اوسُکھ ماتامال گژھُن۔تِم أس نہٕ ژھنمتین فوتین واتان۔ڈٕرکا کِنہِ

آسہٕ گراا کس چیزس تھف دِوان تہٕ گرابِس۔مگر لالہٕ صأب اوس زنتہ رِیوٗدِ ہیوٚ

گوٗمت۔تِسندین ڈیکہ چیٚن گیٚژن کُن وُچھِتھ اوس یکدم وانجہِ کیاہتام

گژھان۔تَس اوس زنتہٕ زنم زنماترَن ہندِس یادوترِس کھوٚلوٗ لگان۔

لالہٕ صائبَس اوس باریامَرنہٕ پتہٕ سبٹھا گُدرِتھ آمُت۔ یمہٕ کِن سہٕ سمسارس زَنتہٕ لتھ دِتھ ہیتھ اوس۔ اَمی تہٕ اوس پنُن زاتی سامانہٕ اکس پھٔٹجہِ منز گنڈِتھ تھاوِمُت۔ یَس تَس تھف اُس نہٕ تلان حالانکہ سہٕ اوس ہر وقتہٕ تتھ دارِتھ دیوٚن یژھان تِکیازِ سہٕ پھٔٹج اُس تَسندِ باپتھ اکھ روحانی عذاب مگر کرِ ہے کیاہ۔ نارس مادِیہ ہے نَرِ۔ ژھایہِ ہندی پاٹھی اُسس ہتی ہتی پکان۔ اَز اوس سہٕ کمبَر گنڈِتھ تتھ دارِتھ دیون یژھان یتھ سہٕ لوٗتہٕ تہٕ اِدنیرِ سوٚکھ سان۔ مگر یوٗر واتِتھ باسے یہِ تَس سہٕ پھٔٹج اکھ خزانہ۔ یتھ سہٕ لوٗلہٕ مَتہٕ لائے کران اوس۔ ووٚنی اوس لالہٕ صائبَس اموک بارلوٗت باسان۔ تہٕ تَس اوس نہٕ اموک بار ہاڈُر انان۔ وقتن کوٚرنَس سہٕ عذاب دوٗر یُس تَس اَمہِ پھٔٹجہِ وِزِ وِزِ دیوٚمُت اوس۔ حالانکہِ اَمیُک باڈِواوس دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ ہوٗران تہٕ کرِتھ اوس نہ لالہٕ صائبَس اَلہ گَذار گژھان۔

سہٕ اوس اَتھ خلوکھ ہیتھ چاہے مکانَس منزیانہِ بٔٹھِس پیٹھ یا پکان پکان مشژاوان تہٕ گرشمہٕ کرایہِ ہندی صدم وبتر اوان۔ تِمَس اوس اَتھ گنڈ مژرِتھ سیرلوٗک تہ پرلوٗک مشتھ گژھان۔ تہٕ سہٕ اوس گاہے ووٚلسنَس یوان تہٕ گاہے غوطَن گژھان

شُری آسی نہ اَتھ پھٔٹجہِ ہنان تِکیازِ تِمن اوس اوٗزکہٕ

باپَتھ بانگہٕ ہٕرتھ ژانگہِ اَژُن ییوان۔ گاہ بگاہ ییلہِ لالہٕ صأبَس پانسے ہٕتی گتھ کران وُچھان اَسی تمن تہٕ اوس کیاہتام گژھان۔ زِبہٕ پیٹھ اَنی اَسی نہ اُس مژرِتھ ہبکان۔

بٔنٛتِس ہوٚتُن شوق بڈُن۔ مگر ہٕتی اوٚسُس بہتھ بُڈی بب تھاوِنہٕ تَس نِش کینٛہہ تہٕ کھٹِتھ۔ سوٚنچُن مے چھُ شوٚنگُن اَسی نِش،لوتہٕ پأٹھی ہاوناوَن لالہٕ صأب۔ موٚن تہٕ گتہِ فِرِ۔ سوٚنچان اوس ٹریننگ دورانے میہ ہتہٕ بٕز پھُٹجہِ وَنہِ گجہِ تہٕ پتہٕ دوٚ تمکھ جان اندبوٚر۔ یہ اکھ گتھ کیاز ژھم نہٕ لبنہٕ یوان۔ یمَن خیالَن مژ کینژَس کالَس روٚزِتھ کوٚر بنٛتَن بیڈروم بجایہٕ لالہ صأبَس تہٕ پانَس لابی مژ شوٚنگنُک انتظام۔ سوٚنچُن لابی چھِ بڈی پھُٹجٕ مُٔ ورأوِتھ دِمَس کھُلہٕ ڈولہٕ دوٚنژھ۔ بیڈروٚمَس مژ گژھہِ دِقتھ۔

آپرِ تھاپرِ بتہٕ کھبتھ اَسی تَس بُڈی بَبس نِش پھُٹجٕ مُورٕاوِنٛچ سکھ باٛبری۔ لالہٕ صأبَنا تہٕ اوس بتہٕ موکلأوِتھ چلمہِ تمُوک بوٚ رمُت تہٕ تیٚنگل لدِتھ نارَلَس پیٹھ تھأوِمُت۔ اَما بنٛتَن لوگ اَتھ فوٚکھ فوٚکھ دِیوُن۔ لالہٕ صأبَن چھیہ دام پانژھ شیہ،کھورِ اتھہٕ نے رٔٹِتھ کھورِس گلِس کُن تھکھ دِتھ لوٚگ بنٛتَس پتنہٕ زینہٕ پیٹھہٕ اَز تامتھ دلیل بوٚزناوٕنی۔ گوٚڈ اُجس تمی اَلِش پھُٹجٕ مُٔ راوِنٛچ مگر پتہٕ آس گتھِ مژٕ ئے۔

بنٛتَن ییلہِ لالہٕ صأبَس کھاندرٕچ گتھ پرٛژھ سہ گوٚ سبتھا

سنجیدٕہ۔ ووشاترٕ آوِتھ تہٕ دَم سمبألتھ ووُنہٕ نَس ''چأنی نانٔی راجہِ رأنٔی اُس پزِی راجہِ رأنی۔ سہَ ہبارٕ زانِتھ سمیَس تام ہے گوسأنٔس ستی برابر گۄسأنٔی بائے۔ وقتہٕ وقتہٕ دیوتن لگہٕ ناٹن پا کھ تہٕ دُفلی وکھ گرزورُن۔ ہائے ییلہِ آرامٕک وَکھ واژاس تہٕ کڈٕن ٹکھ۔'' لالہٕ صأبَن کۄ ڈتھکھ تہٕ نأرِس وپوتُن دام۔ مگر نَیہ اوس نہٕ گرِی گرِس سہٕ چاو تہٕ جۄش۔ باسان اوس زَنتہٕ تَس شاہہٕ ژھوکھۄ یا تہٕ لۄگُس یاد ؤترِس ژکہِ پھیوٗر۔ أتھی ستی آس ژاسہِ ٹۄ کھاتہِ ستی آس گتہٕ۔ بٔنٹن شۄرُس شانٔد تہٕ أمی دیوٗت ڈۄ کھ۔ ترٕشہِ گلا ساچۄن تہٕ لالہٕ صأبَن ترٕ آوِ پران۔



# پٔنٛژ پٔنٛژ دَگ

''تلہٕ سہ تھوٚد دوٚتھ۔ اَتھ سکوٗٹرس دِیٖ نظر۔ اَتھ چھُ سوٗرے پٹرول نیٚرِتھ ژولمُت۔ زَن چھُکھ کوٗ کرٕس خَش کورمُت۔ یہٕ گوٗ حال سکوٗٹرک اِدٕ ییلہِ کاراَنگھ تیٚلہِ چھُ زانان دٔئے۔'' سوٗ آیہٕ وَرَنڈا پیٚٹھٕ واپس میأنس بٔڈٕس نکھٕ۔ بہٕ گوس مٔژِ نیٚنٛدرِ ہُشار۔ أچھِن مُوٚر مُوٚر دِوان ووٚتُس سکوٗٹرَس نِش۔ پٔزی اوس سوٗرے پٹرول نیٚرِتھ ژولمُت۔ راتھ أسمَس ٹنکی فُل کٔرمٕژ۔ زَن اوس پَمپہٕ وألی دُہوِتھ اَتھ پٹرول ترٔومُت۔ صُبحائے پَگاہی پھیوٚرُم سَنٛح۔ مےٚ دِژ سکوٗٹرس اورٕ یورٕ نظر کٔرنہِ ووٗچھُم نہٕ کیٚنٛہہ پٔشپان۔ سوٗنٛچان چھُس ٹنکی مادٕ ژٕلیہٕ پیٚٹھی کٔنٛژ ژھٕٹھ۔ مگر تہِ اوس نہٕ۔ دٔپان چھُس پٹرول دراو تہٕ دراو گیأرکٕ سَنا۔ أندرٕ کٔڈِم کوٚژ تہٕ سکوٗٹرٕ ڈوٗلُم لَبہِ نِشہِ یکطرف۔ اَتہِ آسہٕ برارٕ ژھلیہٕ روٗزِتھ عشق ژٔٹان۔ مےٚ ژوٗل ۂکہٕ نیٚرِتھ توٗہہِ ترٕٹھ۔

بأریاوَژھم ''یمَن کُس تقصیر پانہٕ چھُوتھأومُت تیلِک سۆچ بند

گرٕنے۔یہٕ چھُھم سأرِی ورنڈاہَس تیلیومُت۔نہٕ بَنبس پۆٚنی ترٛاون تہٕ نہٕ لۆٚھُل

ڈالُن۔'' مےٚ أسی اندری أندری تغراتھ ووٗتھان۔یہٕ کتھہٕ پأٹھی واتناو أڈِس

کلومیٹرس تام سکوٗٹر مِسترِس نِش۔ہپأری اوسُم ڈیوٗتی تہٕ واتُن۔پیٚٹھہٕ أزِکی تنٛگل

حأکِم۔ماتحتَس نَدری وٕنی وٕنی أہر بِہہٕ ناوان۔حالانکہِ اَز لیج تہٕ ژۆٚری تہٕ گٔژ تہٕ

ژۆٚری۔گرٕ کس کامہِ کارَس تہٕ دَپان بڈِی صاحبَن اوسُس بُلاومُت۔تِمس

چھاسہٕ مےٚ بغأرمیوٗنڈ وسان۔

سکوٗٹر ڈألتھ نیٚوم پیٹرول اوس سائلنسرٕ کنی نیرِتھ ژولمُت۔مےٚ

کوٗرشُکُر۔ٹنکی چھیے ٹھیک۔سۆٚنچم پانہٕ ازلوٗگُھ پیٚنٛژ ہَن کھیٚتھ۔سوٗنچان چھُس یُس

سکوٗٹر یا کار تھاوِ پرٕزی گرٕ شہٕ تَس اموک لوٗٹ موگُٹ نُقص تہٕ شیُرن تگُن۔مےٚ نے

قُلُف سُہل سُہل دیُن تہٕ مشُرن تگان مےٚ کیا اوس سکوٗٹرس کرُن۔گربَن آلِکھ

نال خرگیہٕ پڈ ردأرِتھ۔تِمن یارَن دوستَن ہیٚٛوم أندری أندری خبر یِموہٕ سکوٗٹرٕ اَنہٕ

نَس Encourage کوٗرُس۔دوٕیِم وُنکُن گرٕ ہم سمکھٕنی دَپہٕ ہاکھاکر عداوتھی

اوسہٕ مگر کوٗتاہ۔مگر یہٕ سورُے اوس مدِ فضوٗل۔

مےٚ کھۆٚ وأنٛج بوٚ لِٹھ بیلہٕ یاد پیوٚم مِسترِس چھُھم موبائیل نمبر ہیٚتھ

تھأوُمُت۔تَس گرٕم فونس پیٚٹھ پنہٕ نہٕ گدرنٛچ باوتھ۔تِمی تراأواُنسا مےٚ سوٗنٛچ

أ ِکس دَزان دأر بیا کھ وُشناوان اتھِہ ۔دوہہ کھوتہٕ سُلِے نیرِتھ ووتُس بہٕ مِسترِس نِش سکوٗٹر ہیتھ ۔تَمِ دِژ اَتھ اورِ یورِ نظر اُٹھکی جوٗرادِتنَس تہٕ ووٗنُن گوٗٹھیکھ ۔میٚے ووٗنُس یُتھ نہٕ چھانہٕ کِجی آ ِستھَس تھاوٕہرِ تہٕ دراس ڈیوٹی ۔شامَنس ووتُس گرِ ۔گرِ واجِنہٕ پروٗژھ اَژوٗنی ''کیا اوُسس گوٗمُت'' میٚے ووٗنُس دَزان دَزان ''تَصرُف'' ۔راتَس دِژمَس دوبہٕ ترٛیہ لٹہِ نظر زَن اوس گاڈیژسنگ وَکھتہٕ میٚے اوس وہمہٕ ہل گژھنہٕ کھینٛژ ۔

پَگاہ ڈیوٹی نیرنہٕ برٛونٛہہ کوٗڈ میٚے سکوٗٹر گیٹہٕ نبَر ۔میٚے دوپ اَتھ تھاوِ کِک دِتھ تہٕ سِٹاٹ گرِتھ ۔پتہٕ چھِ نیرنہٕ وِزِ اَتھ ہوٗ نگہٕ یوان تہٕ محلُک محلہٕ جمع گژھان ۔ساٗرِی چھِ لاگان سُسرِ گُسرِ کرِنہٕ ۔

أڈی سوٗنٛچان اَمی لوٗگ بڑٕ پانَس گنڈٕگنڈٕم کرُن ۔أڈی دَپان نتہٕ کوٗتاہ دوٗراوُسس دَفتر ۔پیدَل تہٕ ہیکِہے گژھِتھ ۔گَتھ اوُسس سکوٗٹرانُن یہ گوٗ فتنَس یُن ۔بہٕ چھُس سارِنے ہُند ژرژان آسان ۔مگر کرِ کیاہ ۔نارس دِمانرِ ۔کار چھُس گوٗمُت گرِتھ تہٕ پھشِل چھُ گوٗمُت زبتھ ۔اَمِہ وقتہٕ آو محلُک اَکھ بُزرگ تہٕ ووٗنہٕ نَم ''میٚے چھُ ڈاکٹرس پان ہاوُن ۔میٚے تُل تہٕ پانَس ستی توٗت تام'' ۔بہٕ سوٗنٛچان شوٗٹھ گوٗژھ گُن زوٗن تہٕ ڈیوٹی واتُن ۔یہٕ دَپان ہوتھ ژھَن بلائے یَتھ ترٛاو چوٗنٛچا ۔یوٗت یوٗت تام آم دَپَس ہتہٕ مَہارایُس دوود چھے سہٕ ہلی مگر دے

رٔچھِن اگر سکوٹر پېٹھہٕ دَب درٛس لۆگی ژٕ گژھکھ ناخیز۔ شۆٹھس کڈٕن گَنٛہٕ گَنٛہٕ۔ مگر سہٕ اوسمُت زاگہِ یِتھے بہٕ گیٹس نبر دژٕ اس سہٕ پھو وأتتھ۔ مے لۆگ نہٕ کانٛہہ چارٕ سہٕ تُلنس۔ أنٛدرٕ ری کِنٛی دَیِس زارٕ پارٕ کران ووٚنی گژھ سدٕ بُتھہِ واتنٛی۔ دَیِس کُن شُکر ڈاکٹرس نِش واتی سدٕ بُتھی تہٕ سہٕ تژٕ آوتھ دژٕ اس بہٕ ڈیوٹی کُن۔

شامنس ییلہِ گرٕ ووٚتس بأریا أسی گیٹس پېٹھ پراران۔ بہٕ گۆس حیران۔ سہٕ ڈیکہٕ بڈی، زانٛہہ زانہِ نہٕ یِتھہٕ پأٹھی پرارُن اَز کیاہ سنا دلیل چھِ۔ بہٕ ما چھُس سوٚپُن وُچھان۔ اَسہِ گَیہٕ ترٛہہ وٕرِے خانٛدرس سہٕ چھنہٕ زانٛہہ گیٹس پېٹھ مبےٚ پرار پٔژ۔ بہٕ گۆس گۆتن ہیوٚ۔ سوٚنچان چھُس خبر اورٕ یورٕ چھاوارے۔ سکوٹر وراٹھ ہس پېٹھ کھڑا کرِتھ ژلوگ تمہِ مبےٚ ہیرٕ یوٚن وارٕ پأٹھی وُچھن۔ بہٕ چھُس دَیان امہِ نے چھُس بہٕ گوڈ نکہِ دوہہٕ یِتھہٕ پأٹھی وُچھمُت از کیاہ تبدیلی آیہٕ شوٚٹھس۔ مبےٚ سوراتھہٕ یِتی ڈبکس خبر ہینگ ماچھم آمتی۔ سہٕ أسی صِرف گٹہٕ أچھ گری گری تھلہِ تھلہِ وُچھان وَنان نہٕ کینٛہہ۔ مبےٚ آیہٕ وأنٛج پھٹنس تہٕ پروژھمس کمہتام ہٹہِ "أخر دلیل کیاہ چھبے" اَندرا أژتھ تہٕ دَم سمبألتھ لٔج لوٚتہِ لوٚتہِ ونہٕ نہِ "یُس بُزرگ صُبحن تُہنٛدِس سکوٹرس پېٹھ ڈاکٹرس نِش گیاو سہٕ کوٚرکھ ہسپتالہٕ اِنڈوٚر۔ تَس چھُ زَنگہِ فریکچر گومُت دَبہِ یِتی۔ مبےٚ سوٚنٛچ خبر تُہنٛدِ سکوٹرٕ پېٹھہٕ مالوٗگس دَب۔ سَخ پریشانٔی گَیم۔ تَمی چھِ پنٛنی دوہہ ژوٗر کَڈی یِتی۔ مگر اَسہِ چھُ وُنہٕ گاڈٕ پھوٚت

گٔنہٕ نَے۔ سأرٕے دوہَس تیلیوم تہِل۔ مَنس منٛز أسِم بدلے خیال ووتھان۔ پیٛٹھہٕ فوٗرِم کھووٕرۍ أچھ تہٕ دویہٕ ژوٗرِ لٹہٕ۔ اَمہِ ستیٛ گیٚس زیادَے پریشان۔ پَتہٕ ییلہِ تہنٛد یو گرکبہٕ ووٗن زِتَس گوٗ واپسی پیٛٹھ مٹا ڈوٗرَس وَسان وَسان کیلہٕ دبلَس پیٛٹھ کھوٗر نیٛرِتھ سکوٗٹرٕ پیٛٹھہٕ نہٕ کینٛہہ۔ اِدٕ روزٕم وانٛگنٛج رَژھا ڈٔنجہِ۔ تیوٗت گٔرِتھ تہٕ آیم نہٕ پَژھ۔ تَوے دژ ایس گیٚٹس پیٛٹھ توٗہہِ پرارنہٕ۔ ’’بہٕ گوس یہٕ بوٗزِتھ رَس کیٚسرٕ



# کُتی کُتی آچھر

یُتھوٚی تِہنٛد نِکَن بٔہمہِ جمأژہُنٛدِ اِمتحانٕچ روٗل نمبر سِلِپ رٕٹی زَنتہٕ پڑاُوُکھ قلہٕ۔ تَس اوس از ترٕیم چانٕس مگر مأل ماجہِ تہٕ اوس از فِرٛتھ ترأومُت۔ پٔتمِس دوٚن چانسَن ییلہِ تَس رول نمبر واژاو، تَسُنٛد مول آیاو ژٕکہِ سوٗن تہٕ میہٕ رول نمبر ہأوِتھ اَتھ جوٗڈ جماہ گرنأوِتھ رُت شگوٗن زأنِتھ جُف تہٕ تا کھ بدِ کٔڈِتھ اوس پانٕچ کل اَڈواٗنس ٹِک گرناوان۔ مگر از زَنتہٕ باسیوٚس سوٗن ینہٕ ستی ما گژھبس کانٛہہ وُلٹہٕ گَتھ تَمی آونہٕ۔ خأر میتہِ کیا اوس لٔبُن بہٕ پرٕژھہا تَس اَتھ مُتعلِق۔

دوٚن چانسَن یَپأری روٗزِتھ آسکھ بأژَن دوٚن یَتھ چانسَس مَژ نِکہٕ نہِ پاس گژھنٕچ زَنتہٕ اِمتحان دِنٕے پتاہ۔ لہاذا اُسی کھوٚر وٕہرِتھ نبٛدٕر گران۔ نِکنہِ پیپَر دِنہٕ بروٚنٛہہ اِیہنٛدِ وارِیاہ یٔتہٕ گوٚژھ۔ زانہِ دَئے کیازِ۔ ہمسایہٕ

آسنہٕ کنی اوٗسس بہٕ یہٕ ووسہٕ درۆس وٗچھان مگر پنہٕ نہٕ آدتہٕ کنی اوٗسس نہٕ لوٗگن ہنٛد بن کھشٕری پاٗ جامَن زنگ تژ اوان ۔ اکہٕ دوہہٕ شامَن گیہٕ گیٹس بنٛل ۔ بہٕ دژاس باغٕرِ ہوٚت اتہٕ وٗچھم بِنکُن مول سوٚن اژان ۔ کمرس منٛز اَژتھ دوپُن اپارِ اٮ۪سم گتھ گرِنۍ ۔ میٚتہٕ سوٚنٛچ یتہٕ کُس اوس نتہٕ صِرف میانٛۍ گرٕ واجنۍ ۔ خیر اٮ۪س تژی اَپوٚر ۔ اتہٕ چھُم لوتہٕ لوتہٕ ونان "بِنکَن چھِ کُس تام بوٚرڈ کلرکس ستۍ گتھ گرٕمٕژ فِزیکس پرچُک آنسر بُک گتھ تام جایہٕ واتہٕ ناوُنک سنٛز کوٚرمُت ۔ وونۍ گوٚژھ کانٛہہ ژھا اَمہٕ پیپرُک جواب لیکھتھ دیُٚن ۔ اَتھ چھنہٕ زیادٕ فرسَتھ ۔ بَس پگاہ شام تام ۔ لہاذا ہَمسایگی ہُنٛد فرض زاٮ۪نتھ دِتہٕ اَز میٚہ یتھ سمنٛدرس تار ۔ یوٚتوٚی اوٗسم وٗنُن بہٕ دژاس......"

سہٕ دژاو ۔ میٚہ ژٕج کھورٕ تلہٕ مٕژ نیرِتھ ۔ بہٕ گوٚس ہےٚ بنگہٕ ۔ مگر دٕیس کُن چھُس شُکُر کران توتہٕ اوٗسس نہٕ بہٕ فِزیکس زانان ۔ اَزلیٚجاس گلہٕ کاپہٕ سان ۔ میٚہ کُس بوٚزِ ہےٚ ۔ میٚہ اوس ہمسایہ سُنٛد دِل رٕچھُن تہٕ پنٛنِن اصوٗلَن موٚنٛڈِ شراپچہٕ ستۍ کلہٕ ژٕٹُن ۔ سوٚنٛچان چھُس اَکھ اِنسان پنُٛن بوٗل بجااَنہٕ نہٕ باپتھ گتھ حدٕس تام چھُ گرٕ ھتھ ہکان ۔ اِدٕ دُنیا گرٕشھتَن کوٚلہِ ۔ بہٕ روٗدُس راٮ۪تی راتَس یہٕ ہےٚ گتھ سوٚنٛچان ۔ نینٛدر رِزٕ پھتہٕ آیم نہٕ ۔

صُبحن اوٗسس اوڈوٚی ۔ مگر کُس تام بتہٕ کال آو بروٚنٛٹھ ۔ تم مائلی

پوٚتھٕر وُچھم اڑٕ فوٚلہِ گاشہِ سکوٹرس پٮ۪ٹھ نیران۔ تسٕنز گرٕ واجنۍ آیہٕ سوٗن تہٕ دوٚنہٕ نَم وۄنۍ گُری زبوٗنہٕ تکلیف راتہٕ چہِ کامہِ بأپتھ۔ ہِکہٕ گوٗتسی ٹیوٹرس نِش یَس نِش سہٕ فِزِکس اوس پران۔ شاید ما آسہِ ہےٚ أندری کنۍ ونان دوٚنۍ کتھ اُسس ژےٚ کوٗنڈلہِ ہنٛز منٛتھ ہیٚنۍ۔ اَسہِ زٕ وٚن ٹیوٹرس نِش گژھُن مناسِب۔ ممکِن چھُ ژٕ ما دِہِکھ پگاہ پام۔

مےٚ ترٲو پھرکھ۔ زٕنتہٕ گُری مےٚ دھرمہٕ رازَن سأرِی پاف ماف۔ تہٕ نَرکہٕ بجایہٕ سورگس سوزٕنچ ہیچم زمانتھ۔ مےٚ وۄن تَس جان گوٚیمی مانٛچھ کھسوٗ ہرگاسہٕ ٹوٚپھ تہٕ رَٹہِ ہرجہِ چھُنہٕ۔ مگر أندری کنۍ چھُس دَلیس زارٕ پارٕ کران وۄنۍ گژھکھ کأم نیرٕنۍ نتہٕ کیاہ بنہِ شوٗژھس۔

اکہِ رہتہٕ پتہٕ دژاو رِزلٹ، ہِکس اوس فسٹ ڈیوِجن۔ آسہِ ہَس نا۔ مأل پتھرَن پیٚیا کَم ووتھہٕ ژھانٹھ کُرٕنۍ۔ گرٕ واجنۍ چھُم دَپان وُچھان چھوا اَگرتوٚہہِ تہِ فِزِکس تگان آسہٕ ہےٚ ازٕ سَپدِ ہےٚ عزتَس ہُریر۔ مےٚ وۄنہٕ مَس بہٕ چھُس تتھی سبجکٹس منٛز ٹھیک۔ سہٕ وُژھ ''پِلم نہٕ تہٕ ژوٗ کی گأم'' بہٕ دۄ دُس اُمسُنٛد کلامہٕ بوٗزِتھ۔ مےٚ پیوسہٕ دوہہ یاد ییٚلہِ مےٚ یونیورسٹی منٛز پوسٹ گریجویشنہٕ باپتھ فارم بوٗرتہٕ مےٚ میوٗل فِزِکس ڈِپارٹمنٹس منٛز ایڈمیشن۔ مگر قسمت نہِ کار اَتہِ

اوس پرٛیکٹِکل کَرنہٕ باپتھ ژیر لگان۔ سرینگرس منٛز ڈیرٕ نہٕ آسنہٕ کِنۍ اوسُس گرٕ کھسان وَسان۔ لہاذا اَگری مےٚ اکِہ ہفتہٕ پتہٕ فزِکس بجایہٕ حسابَس منٛز تبدیلی یہوی وَجہٕ اوس سَبجیکٹ بَدلنُک۔ مگر وُنکین باسوم زَنتہٕ أس مےٚ دِوَتھ ماجہِ عقل دَژھمژ زِ مےٚ اوس سبجیکٹ بدلاوُمُت۔ نتہٕ آسہِ ہَم ہمسایہٕ نِکہٕ نِس پیپرَس بازأ پتہٕ سام ہیٚنٛز۔ تہِ نَے کرہا قبلَس کُن گۆڑھ ہُن کھوٚر۔ پتہِ گَتھ لایق روٗزٕہا۔

أسی تہِ گٔیہٕ یُمَن مُبارکَس۔ نِکٕنٛز ماأج أس أڈی پٔژری ژاوان۔ اَسہِ کُن وُچھِتھ دیوٚتُن یَل۔ مےٚ باسیوو وَنان آسہٕ توٚتہِ آیکھ وَتھ۔ ظأہرا شوٚشکھ نہٕ سأنِس نِکُن میرِٹ۔ چائے چأوِتھ تہٕ واریاہ قسمچہِ مِٹھایہٕ برونٛٹھِ کنہِ تھأوِتھ وُوتھ نِکُن مام اَز مہارا کوٚرُس بینتھرَن خوش۔ مگر نِکٕنی مأل وُون أس کرٕ ناوَور رِچیکِنٛگ۔ نمبر چھِکھ کَم تھأوٕمت۔ مےٚ آو یوٚت یوٚت تام وَنَس ہَتا گَتھ چھُکھ مُسَس کَپَس ونان۔ یہِ نَے سکیم چلاوٕمژ آسہٕ ہیٚتھ اَز تہِ ما آسہِ ہبے یپارِ۔ ووٚنۍ چھُکھا مےٚ شأمِل ہاوان۔ مگر مےٚ کوٚر صِرف یُوزناتہٕ دراس گرٕ کُن۔ سوٗنچان چھُس نِکُن مول کوٗتاہ اَرٕژ کال چھُ پانَس زانان۔ تہٕ نِکنہِ قأبلیتُک أہرٕ چھُ سارِنٕے بہہٕ ناوان۔

منٛزٕ گٔیہٕ کینٛہہ دوہہ۔ نِکُن مول آو سوٗن رِچیکِنگ فارم ہیٚتھ مےٚ

نِش اَٹیسٹ کَرناونہِ میٚ وۄنُس کَتھ چھُکھ ہوگاڈَن ۰۰۰۰۰۰ژھاران۔ مگر سہٕ اوس دۄن دۄن پھَلبن ؤتتھ گژھان۔ کۄ کرَس اَس کُنٛی زَنگ۔ فارم بۆرُن تہٕ رِچیکِنگ سَپز ٹوٹلس اوُسس نہٕ کانٛہہ پھیر۔ مگر شہمتنہِ کارٕ آنسَر بُکس ہٕتی یُس continuation sheet نتھی گرِتھ اوس تتھ اَس نہٕ بوڈٕچ مُہر تہٕ دَستخط کیٛنٛہہ۔ نِکَس لٔج پیشی۔ کمیٹی آیہٕ بناونہٕ تہٕ یتھَن کیسَن سَپز شنہوائی تہٕ فٲصلہٕ سپُد اِمتحان کینسل کرٕنک۔ بھگوانَن رۄ چھ نتہٕ ما گژھہِ ہےٚ disqualify پَتہٕ بۆز ٹیو ٹرَس ہٕتی سَپز ہاتھاپٲئی۔ تَس کھٲری نِکن مٲل ہانٛژھ زِلاپروٲئی گرٕتھ۔ آنسر بُکس پَزِ ہی واپس تَس نفرَس حوالہٕ کرنہٕ برونٛہہ وارٕ وُچھُن۔ آخر ژٕ ہےَ بۆ ڈاوسُکھ۔ نِکہٕ چھُ شُر تَس چھا خبر۔ شوٗٹھَن ژھُنتھ نوٗن تہٕ تھاوِتھ نہٕ کُنہِ لایَق۔



# وِشواس گاتھ

شالہٕ بچن پروژھ پنہٕنس مائلس "اَسی ییلہِ ٹونگہٕ دِوان چھِ
بُستیَن ہنٛدی ہوٗنی کیازِ اَتھ Reaction کران تہٕ وفرائے کران" بڈی شالَن
ترٛاو وشاتہٕ وُنہٕ نَس "اَموک جواب چھُنہٕ مےٚ اَتھہِ کینٛہہ۔ پنہٕ نَس جمادارس
یُس وُنکیِن آوُ رچھُ، نِش نیرِ چانِس سوالَس جواب"
شامن گیہ دوشوَے مائلی پوتھر جمادارس نِش تہٕ بڈی شالَن باوُ
تَس نچِوی سُند سوال۔ شالہٕ جمادار گوسوال بوٗزِتھ گوڑ سنجید۔ تہٕ شالہٕ بچَس ژایہٕ
اندری۔کِنی تتھ۔تَمی سوٗنچ خبر مےٚ ماکوٚرکانہہ اَثر۔ جمادارن ترٛاوُ پتہٕ تِمن کُن نظراہ
زنتہٕ اوس تِمن اندری وَنان کیازِ چھِوٕ زَخمن کرائی ٹلان۔تہٕ سہٕ گتھ پڑ ژھان یمہِ
ہستی شوٗٹھہٕ ہنٛدِس یادوپترس ژکہِ پھوٗرلگان چھُ۔ خیردَمادِتھ تہٕ بڈی لٹی، یتھ واریاہ

جتھ نیرِتھ ژٕ جمِژ أسی، گلہِ ناأوِتھ ووُنہٕ نگھ ''ہونِین ہُنٛد جدٕ بُڈی بب اوس اکہِ ۆریہٕ ہردِ کالَس منٛز سَخ بیمار گوٚمُت۔ تِمَن ایامَن منٛز أسی ہوٚنی وُڈرَن تہٕ کھاہَن منٛز روزان تہٕ فیران۔ تہٕ أسی شال أسی گامَن منٛز بَسان۔ ہونیو کوٚر سون جدٕ بُڈی بب ،نوٚنہٕ گُری تہٕ تیلہِ تلاوہأوِتھ، مجبوٗر یَتھ گتھِ پتھ زِ ہوٚنی وَسن گامن کُن یوٚت تام تہُنٛد جدٕ بُڈی بب بلہِ۔ پتہٕ کھسَن واپس وُڈرَن کُن۔ سائنس جدٕ بُڈی بَبس آو عارتہٕ گوٚس لِحاظہٕ۔ مگر لحاظہٕ گُو شِکسٕک بوٗئے۔ أسی کھٔتی وُڈرَن تہٕ ہوٚنی ۆتھ گامن کُن۔ یہُنٛد جدٕ بُڈی بب گُو جلدٕی تھیکھ گلہِ ٹیٚنچر ہیو۔ گرٛ ژھِ ہٕے نا گامن منٛز پیوکھ تھکنہٕ ۆرأئے کھناچینہٕ تہٕ سارِوَے کھوٚتہٕ أڈِجہِ پھٔلی ٹگنہٕ باپَتھ۔ سأنی جدٕ بُڈی ببن پاأوٚ یِمن گام ترٛاونک تہٕ وُڈرَن واپس کھسنک وعدٕ یاد مگر یُمو لوگ ہأنزٕڈ انگرٕ تہٕ دِتُھ گوٚش۔'' یہِ وَنان وَنان پھٔٹ شالہٕ جمادارَس أشی گنٛڈ تہٕ زبو دڑ ایَس پھٔٹِتھ۔ شالہٕ بَچہِ ژاوٚ مأدٕلس ستی ستی شرٛ و کیٚژن تہٕ ہٕژان ژُلُن مگر شالہٕ جمادارَن ترٛاونہٕ۔ دَم سمبھأدِتھ گتھ جأری تھاوان ووتھُکھ ''اَز تہِ چھِ أسی یُمَن سوٚی وعدٕ یاد پاوان۔ أسی چھِنہٕ ٹوٚنگہٕ دِوان بلکہِ ہونِین ونان یُمو وہوٗ۔ یُمو وہوٗ۔ مگر تِم بے مندَ چھ ژکہِ ہوٚنی، وُنہٕ تہِ وَنان۔ تانٛ تہِ ناو۔ تانٛ تہِ ناو۔ سٕے چھبٕے تہنٛز وو پھرائے باسان'' یہ بوٗزِتھ گُو شالہٕ بَچہِ رس کیسرِ۔

☆☆☆☆☆

# دبد

دبد دژایہٕ گیٚژَس تام بوٗبہٕ لالس پَتہٕ پتہٕ۔ موج تہٕ بیٚنہٕ زٕ گیَس بَس اَڈَس تام، لوٗ گُٹ بوٗئے نِکہٕ اوسُس ریلوے سٹیشَن تام برابر یوٗت تام بوبہٕ لال ریلہِ کھوٚت۔ تَس آسی أشی بُکھ یوٗان۔ تِکس کوٗرُن باڈ باڈ دبدِ ہُنڈ خیال تھَونس۔ تہٕ تأکید کورنس یُتھنہٕ سہَ سُلہِ ژِیر نیرِ تہٕ دَب دژِس لگَبس۔

دبد ژایہٕ گیٹہٕ پتھہٕ واپس بوبہٕ لالس گرِنی نیرنہٕ بروٚنٹھہ ماہ تہٕ میٹھی۔ دوٚپنَس صحتَس واَتی زِ۔ فون آسی زِ ہفتہٕ وأری کران۔ نالہٕ مَتہِ رٹِتھ گرنَس أہی۔ سہٕ یوت تام ریلہِ تہٕ آسہِ ہیٚ کھوٚتمُت سہَ آسی تَس أہی گران۔ راتھ ییلہِ بوبہٕ لالن سامانہٕ گنڈان گنڈان دبدِ پرٛۄ ژھ ژھبیٚ کیاہ گژھی الہ آبادٕ أنُن۔ دبدِ دیوٚت دَما اَدٕ وونہٕ نَس ”گنگا کأژھا اَتہِ پتھہٕ دوٗر“۔ ”گژھیٚ“

بوبہٕ لالَن وونُس ۔ ''مے کیوٚت اوٗنتھ رام رام پٹھ گنگایہِ منٛزٕ غوٚتہٕ ناوِتھ'' دبد وونُس ہکہٕ ۔ نچہِ ترٛ اوٗ ٹھاہ ٹھاہ گرِتھ اسُن ۔ دوپنس مےٚ دوپ دبد وَنہِ بوبہٕ لالس خبر کیاہ چیز اَنُن ۔ ''دبدِ ہنٛزِ گنٛھٕہِ چھا اسُن'' بوبہٕ لالَن ووٗن نچہِ بتھ پھِرِتھ ۔

دبدِ پیوٚسہٕ دوہہ یاد ییلہِ بوبہٕ لالُن مول کشیرِ پیٹھہٕ نبر نوکری گرنہِ دڑایاو ۔ مگر واپسی پیٹھ گوٚس بچارس ایکسیڈنٹ تہٕ دِتُن امانتھ ۔ دبدِ کتھہِ پاٹھی پھاپھٕلاوی یِمی کوٚرِ زِ تہٕ نچوٗ زِ ۔ نوش ، بوبہٕ لالٕنی ماجی کیٛژھا اَسی تمہِ ساعتہٕ ۔ دَف ماٗنزٕ اتھہٕ اَسس ۔ مگر یمَن شرٕ بن پیٹھ چھوٚپُن ۔ ازیلہِ بوبہٕ لالہٕ نوکری گرنہِ دڑاوتَس پہٕ سوروٗی یاد تہٕ لوٗگس یاد وٕترِس ژکہِ پھٕبور ۔ سہٕ ما روٗ زِہے اَتھی ستی مگر اَندرِ گیہ ٹیلی فونس بیٖل ۔ دبد ژایہِ اَندر تہٕ رسیوَر تُلِتھ ووٗنہٕ ہَس بوبہٕ لالٕنی ٹرین چھِ لٔجمٕژ ۔ مےٚ زٕٹی سیٹ بَس پانٛژن منٹَن اند رنیرِ ۔ صحتک تھاوز ، خیال دبدِ گرِس بیہہ اَہی تہٕ تھاوٗن رسیوَر پتھر ۔

بوبہٕ لالٕنی ماج تہٕ بینہٕ زِ آیہِ بَس اڈٕہ پیٹھہٕ واپس ۔ دبدِ ووٗنکھ ٹیلی فون ووت ۔ نچہِ دوپ بتہٕ کھیمَو مگر دبدِ اوس نہٕ ماٗلی ۔ سہٕ اَسی زنتہٕ اورنہٕ یوٗر ہش ۔ تام آو نِکہٕ ریلوے سٹیشنہٕ پیٹھہٕ بائِس روخصت گرِتھ ۔ دبدِ پروٗژھس وارٕ بوبہٕ لالہٕ بیوٗٹھا سیٹس پیٹھ ۔ راتَس گتہِ شوٗنگہِ ، بتھ کتہِ چھٕلہِ بیترِ بیترِ ۔ نِکہٕ لالَن وونُس بینہٕ بینہٕ سوورُی ۔ اَدِ گوٚ دبدِ تسلا ۔ مگر اَندری اَسی سونچان دَے گژھبس

اَرِزُوِ تہٕ دَرِ کوٹھِ تھاوُن ۔ موءگلی چایہٕ کھوٚس کھنٛڈ چیتھ تہٕ اُون گلہٕ تہٕ اُتھی ہٕتی گٔیس نیٚنٛدرِ زِیِھ ۔ سو پنہٕ ہٕنزی وُچھُن پتُن پان الہ آبادٕ بوبہٕ لالٕ نِس ڈیٚرِس پیٹھ ۔ تَس بَتہٕ رٔنتھ دِوان ۔ سہٕ گٔیہٕ حٲران مہٕ نَے اوس گرِ لایٹرٕ ہٕتی گٔیس زانُن تگان اُمہٕ پتہٕ رِکتھ پاٹھی زوٗل مہٕ ۔ یَچھنس منٛز کرَن سارٕی کامہٕ ہَن پانَے ۔ پتہٕ لوٗگُن ٹی ۔ وی وُچھُن ۔ بیٚیتِس کالس بوبہٕ لال لنٛچ کرنہٕ آو ۔ زَنتہٕ گٔیہٕ دبدٕ نوٚی نوٚٹ ہش ۔ سہٕ آسی سارٕے کام فٹافٹ کران ۔ بوبہٕ لالَس دیوٗتُن بتہٕ ۔ پتہٕ گٔیس شیشہٕ گلاسَس منٛز زامُت دوٗ دہتھ مگر یہٕ پوٚس اَتھہٕ منٛزٕ تہٕ اَتھ گوٚ ٹاس ۔ دبدٕ گٔیہٕ ہُشار ۔ اُمی دَزٕ اُچھن موٚرَن ’’اَمابہٕ گتہٕ سنا ۔ یہٕ کیاہ سنا ۔ ہے بھگوانہٕ یہٕ اُ ساسو پنہٕ مایا‘‘ پانسی ہٕتی وونُن ۔ لَبہٕ پیٹھ دیوی ہنٛدِس فوٹوہَس کُن کرُن گلی گنٛڈِتھ نمسکار ۔ ہٕتی لوٚگُن کیا تام سوچُن ۔ بیٚیِتس کالس آو گاش ۔ اَتھہٕ بُتھ چھٔلِتھ ژایہٕ ٹھوکر کُتھ ۔ ٹھوکرِ پوٚزِتھ دزایہٕ نمبر تہٕ بیٹھ بیڈَس پیٹھ ۔ نچہٕ ووٚنُس ’’دبدی ژٕ کیاہ سوٚنچان ۔ چائے رِکرٕ ھ چیکھ ۔‘‘ دبدٕ ووٚنُس ’’خبر بوبہٕ لال کوٚت آسہٕ ووتمُت ۔ تَمی آسا چائے چیمٕژ ۔‘‘ نچہٕ ووپُس ’’دبدی ژٕ کیازِ گیکھہٕ نہٕ بوبہٕ لالَس ہٕتی‘‘ کرِنی سہٕ ڈیٚرِ وٕیرِ اَدٕ تھاوا گرٕ ھنے ۔ ضورٕ رگرٕ ھہٕ ۔‘‘ تام گٔیہٕ فوٚنٛچ رِنٛگ ۔ یہٕ اوس بوبہٕ لالُن فون ۔ تَمی پرٕ ژھ گوٚڈٕ دبدِ خبر اَتر ۔ دبدٕ گٔیہٕ زَنتہٕ زِندٕہ تہٕ کرِنی بوبہٕ لالَس ہٕتی پوٚرٕ کتھ باتھ ۔ اَدٕ موٚنگُن نوشہِ دَمہٕ ٹیوٹھ ۔ سہٕ آسی اَز سبٹھا خوش بوبہٕ لالَس میچ

نوکری۔ سۆنچُن ووٚنۍ مَرٕ ہنا شہجہٕ۔ دیٖدِ اوس زَنتہٕ قلعہٕ پرٲومُت۔ اَکسے اَکسے ٲسۍ دَپان بوٗبہٕ لالس اَتھ نوکری۔

منٛزٕ گیہ رِتھ تارٕ۔ بوٗبہٕ لال آو گرٕ۔ دیٖدِ روٗٹ نالہٕ مَتہٕ۔ موٗنہٕ تہٕ میٹھی کٔرِتھ ووزلاوِنس بُتھی لبہٕ۔ بوٗبہٕ لال تہٕ اوس اَمِس نِش مانن ہوٚۓ بہان۔ دوہہ پوٚنشہِ گرِ روزنہٕ پتہٕ دژاو بوٗبہٕ لال تہٕ دیٖدِ ووٚنُن سِتۍ ینٛگ۔ دیٖدِ تہٕ ٲسۍ تیار مگر کوٗرِ بن دون کُن وُچھتھ موٗنُس نہٕ مَنَن۔ ٲہی کٔرِتھ ووٚنہٕ نَس ووٚنۍ گرہٕ ۍ کھانٛدَر پتہٕ ییمہٕ بہٕ تہٕ نوشہِ سِتۍ۔ تَمۍ ووٚنُس کیا پتاسۍ دِیہِ یا توٗ رینٛس اَتھ وَتھ۔ دیٖدِ کوٗر اُسنا۔ ٲسَس منٛزٕ نہٕ تَس اَکھ دَنٛد تہٕ مگر تجربہٕ کار آسنہٕ کِنۍ اوس تٔمِسٕ نٛدِس اَسنَس تہٕ سمبِتھا مانہٕ مطلب۔

بوٗبہٕ لال دژاو ڈیوٹی تہٕ دیٖدِ لگی اَمِسٕنٛدِ خانٛدرٕچ فِکر۔ اَکِس ٲیس لوٗکُن بوٗبہٕ لالنہِ خانٛدرُک وَنُن۔ منٛزٕ گیہ رِتھ تارٕ کوٗرِ مٲل کوٗر آنکار۔ دیٖدِ باسیوٚ زَچہِ زٔنٛڈ تہٕ پچہِ پٔٹ۔ سہٕ ٲسۍ اَڈی پوٗرۍ ترٛاوان تہٕ ٲسۍ نہٕ وبہان گُنہٕ۔

بوٗبہٕ لالس سُنٛد خانٛدَر تہٕ دیٖدِ آو نوٚیاوُن۔ سہٕ روٗز خانٛدرَس منٛز اَکِسے زَنگہِ پتھ۔ ووٚنۍ ٲسۍ تمِس رائے بوٗبہٕ لالس سِتۍ الہ آباد گژھنٛچ۔ یتھ سہٕ نوِ نوشہِ گرِ گرُن ہچھناوِ۔ مگر نوش ژایہٕ گرِ یکلَس گوارہ۔ نوشہِ ٲسۍ نہٕ بچہِ ماجہِ ہُنٛد سِتۍ تٔنٛج مَرضی۔ لہٰذا پیوٚ بوٗبہٕ لالس تہٕ بے دِلی سان ناشہٕ نکار کرُن۔ تہٕ دژاو مہرنۍ

ہبتھ الہ آباد کُن ۔ دبدِ گوٚ سَنہٕ ۔ تَس اُلجی کوٗ ٹھین لوٗ رِ ژنڈ ۔ سہ َ گٔیہ پتہٕ بیمار ۔ مَرِ گُس تہٕ لَسہِ گُس ۔ نوٗشہِ نِیہٕ آٹوٗ ہَس کبتھ ڈاکٹرس نِش ۔ یُتھوٚی آٹوٗ ڈاکٹر سِندِس کلینِکَس نِش ووت پٔتیٚ کِنہٕ دیوٚت ٹرکہِ دَکہٕ ۔ دبدِ گوٚ ایکسِڈنٹ ۔ تہٕ گٔیہ مُرِتھ ۔ نوٗش تہٕ ڈرایوٚر رٔچھۍ اَتھَن فوٚ کھ دِوان ۔ دبدِ ہنٛزٕ اُسر کہٕ سوٗ زَکھ پتہٕ بوٗبہٕ لاَسہ گنٛگایہ باونہٕ خاطرٕ ۔



# مَنٛج شانٛتی

مےٚ کوٚر تَس فون تہٕ تِمۍ دِیُت ژوٗرِ بجہِ ٹائم سمکھنہٕ باپتھ۔ تہنٛد وقتس پیٹھ وٲتِتھ وون مےٚ تَس "مےٚ ہَسا چھُ اکِہ میگزینہٕ خاطرٕ مضمون لیکھُن۔ یَتھ منٛز ۱۹۹۰ اپیٹھ ازتام تِمن قلم کارن ہنٛز زانکٲری دِنۍ چھےٚ یِمو پنٕنہٕ ماجہِ زبانِ آب یارٕ کٔرۍ تہٕ کران چھِ۔ تِکیازِ ژٕ تہِ چھُکھ امہِ کاروانک اکھ اہم ممبر لہذا سوٗنٛچ مےٚ ژےٚ سِتۍ کتھ کٔرِتھ لیکھہٕ ژےٚ مطلق تہِ۔ ذٲتی طور سمکھنک وجہ چھُ ژِ ژٕ چھُکھ۔ پٔنُن تخلُص seasonal تھاوان۔ مےٚ سوٗنٛچ یِتِس کالس مضمون چھپہِ ژےٚ اَستَن تخلُص بدلاومُت تہٕ اڈیٹر کھارِ ناحقہٕ نَس۔ اَچھا آمدم بر سرِ مطلب۔ تُہنٛد ناو چھُ ڈی۔ این غرور۔ میٛون یوتُی وٲنِتھ ووتھ سُہ زَنتہٕ پلہٕ پیٹھہٕ پوٚتزٕ۔ "ہَتا بُہ جان کوٚرُتھ یوٗر آکھ۔ نتہٕ گژھِ ہے مضمون لیکھِتھ سارٕۍ یِباد تھ

کوٗلہِ۔ غروٗر نسا ضورور۔ یہِ تخلص باسیوٚ مےٚ پھرٕ وٕژ۔ تکیازِ ییٚلہِ کُنہِ مشاعرہٕ محفل اَفسانہٕ آسہِ، مضمون پرٕن آسہِ یا بیہٕ تہِ کانٛہہ ادبی پروگرام۔ یمن پروگرامَن ہِنٛد مُنتظِم چھِ دپان ڈی۔ این۔ ضورور گرٕ ژھِ ضورور آسُن" مےٚ سوٗنٛچ پوٗزی چھُ۔

"اچھا صنف چھےٚ توہہِ غزل" یہٕ ووٚتھٕسس۔ "ہتا کیازِ تھوٚہم اُتھی گیجہِ گنڈِتھ" سہٕ ووٚتھ "مےٚ چھُ شاعری منٛز غزل، نظم، وٕژن، ٹٕھ، رُباعی، ژومصری، بیترِ بیترِ تہٕ نٔثرس منٛز افسانہ، مضمون، انشائیہ، خاکہ بیترِ بیترِ لیکھمِت تہِ تہٕ لیکھان تہِ۔"

"کیازِ اکھی صِنفس کری زِہے تھف شاعری یا نثر" مےٚ ووٚنُس سبزرَے۔ "ہتا یارٕ دُنیا بدلیوٚ۔ لِکھاری گوٚ ازکہِ وکھتہٕ سہٕ دُکانداریس نِش پرٕتھ کانٛہہ مال دَس یاب آسہِ۔ گرٕ اکھ یہٕ ژھارِ سہٕ دیٚیس ۱۹۹۰ برونٛہہ اوٚسُس بہٕ اَکسی صِنفس پتہٕ لَگِتھ۔ مگر تمہِ ستی ووت چندٕس زَکھتہٕ ادبَس پھوٚ مکھ۔ لہٰذا ووٚتُس بہٕ اُتھی نتیجس پیٹھ۔ پٹیالہِ بُلاوتَن یا میسور، کلچرل ایکیڈمی کری تَن شُرِ نی یا ٹی وی ترٔاوتَن پھل فول، اَسی گیہٕ جنابو حاظر۔ ریڈیو گوٚ اَستھے۔"

بہٕ چھُس اَکھا اَکھ کتھ نوٹ کران۔ ییٚلہِ مےٚ تَس یتھ کتھِ کُن ظون پھشوٗر آیا کِتاب چھاپنَس متعلق کیا چھِ تسنٛز رائے۔ سہٕ ووٚتھ بڈٕتھ تہٕ بوٗلتھ "ییٚلہِ توہہِ ہیوٚ مضمون نِگار آسہِ متعلق لوٗکن آگاہی دِن تیٚلہِ کیا چھُ کتابَن

ہُنْد ضورورتھ۔ اَکھ گیِہ روپیہٕ رَقم کَڈِتھ کِتاب چھاپٕنۍ تہٕ پتہٕ مُفت بأگراوٕنۍ۔ تیوٚت کیاہ چھُس بہٕ مجبوٗر۔ میٚنۍ چھا ہلکأئے ہونۍ ژوپ دیوتمُت۔"

ہَنا ٹھٕرِتھ تہٕ دَم سنمبألتھ ووتھ سہٕ "اَدِ سہِ ژٕبے کوٚتاہ چھِی مضموٗن لیکھِتھ تران"۔ "کینٛہہ تہِ نہٕ" یہٕ بوٗزِتھ گوٚ سہٕ حیران تہٕ وُنُن "اَدِ گتھ پیٚٹھ چھُکھ یوٚت زُوٗژٕ ٹان۔ تہِ بنیاہ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ آسہِ ضورور میلان" مے وُنُس اِطمنانٕہ سان "آ میلان چھُم" "تِمۍ پرٕژھ ہٕکہٕ "کیاہ سَنا"۔ "منٛج شأنتی" مے دیوٚتُس لوتی جواب۔



# کوڈ وآرڈ

## Code Word

''ہیلو، ہیلو، نمسکار۔ بہٕ چھُس گوشہ دِلہِ پٮ۪ٹھہٕ۔ پگاہ شامَن واتہٕ
اور۔'' ''میٖنۍ یارن، جگر پارن، گوشَن کوٚر دِلہِ پٮ۪ٹھہٕ فون۔ مےٚ آیہٕ نہٕ پزٕھ۔ سوٚنچُم
یُژ کاٗلی کَروکا لیجکِس یارَس ستۍ کتھا باتھا۔ دیٖوٕ بوٚس لوتہِ۔ ستۍ پییہٕ تِم دوہہ یاد ییٚلہِ
أسۍ یکہٕ وَٹہٕ کالیج أسۍ یوان تہٕ گژھان۔ سہٕ اوس سِگریٹہٕ بٹَس زیوٚٹھ بارٕ کونڈ
ٹھکِتھ تہٕ دام دام دِوان۔ دَیَن گرٕسۍ یأری دِلہِ اوس جان پوسٹس پٮ۪ٹھ کاٗم کران مگر
سہٕ لوکچارٕ چ وَٹہٕ وُٹھ أسۍ بسس برابر۔ مےٚ أسۍ خبر جوٚم وأتِتھ آسہٕ سأری سبے جوٚمس
نوٚن تیل دِتھ یُن لہٰذا اتھ اوٗم سکوٹرس ئر وِس ٹھیکھ پأٹھۍ گرناوِتھ۔ پگاہ پیوٚ سہٕ
وأتِتھ۔ Fresh گژھِتھ لوٚگ ونہٕ نہٕ۔ ''ازچھُ سأرسۍ جوٚمس یُن فیرِتھ۔

"بۂ وِبسہٕ رٕٹۍس پیٹرول خرچہِ موٚکھہٕ نہٕ بلکہِ اَمہِ باپتھ یہٕ گوڑھنہٕ شوٚٹھَس Doubling گرنٕک وَنُن۔ مگر دَین روچھ یژَتھ یہٕ گُو سکوٹرس کھٕسِتھ تہٕ مےٚ وُنُن پتہٕ گنہِ کھَسُن۔

کھَسنہٕ بروٗنٛہہ وون مےٚ تَس "بابا میوٚن سکوٹر چلاونہٕ بروٗنٛہہ چھُیے کینژَن گتھَن ہُندِ خیال تھاوُن ضوروری" سہٕ اوس دھیانہٕ سان بوزان تہٕ سگریٹ بِٹ [illegible] منز موٗران موٗران ووتھ "ژٕ بے چھُ تھا سکوٹر ژٕوٗرِ اونُمت۔ اَتھ چھے نا رجسٹریشن بیترِ کاغذات کینٛہہ۔ دوہَے اوسے پھوٚے عادتھ۔ کالجہِ تہِ اوسُکھ نہٕ پانہٕ کأنسہِ کوٗرِ ستی گتھ کران نہَ اوسُکھ مےٚ دِوان گرنہٕ۔ ژٕورَن وٕرِیَن اننت ناگ کالجس منز کو ایجو کیشن (Co-Education) اُسِتھ تہِ ہیوٚتُھتھ توٚت گوٚل۔ باقٕے لڑکوا کھ پرٕکھ ببیہٕ گرِکھ عیش۔ أسی روٗدی دوہَے کہرِ کی نبٕہٕ موٚنڈکھ۔ نہَ اوسُکھ پانہٕ زورٕ شاہ ژٕ اوان تہٕ نہَ مےٚ دِوان ژٕ اونہٕ۔ اَدِ تم لڑکہِ تہِ تہٕ أسی تہِ تہِ۔ دووقت کی روٹی کھیوان۔ ووٚنۍ فرماوٕ کیا چھُکھ ونان۔ ژٕ اگر خبر کیاہ تہِ گرکھ مےٚ چھُ سکوٹرس کھَسُن۔ ژٕ ہیتھ ستی تہٕ جوٗمس یُن چکر گرِتھ" أمسُندِ یہٕ زیوٚٹھ بھاشن بوٗزِتھ پییہٕ مےٚ کالجکی تم دوہہ یاد تہٕ بہٕ زَن اوسُس غوطن گوٚمُت۔ تمی دِژ مےٚ اتھہٕ ستی زبرٕ۔ مےٚ گیہٕ ڈٕنَن۔ أمسُندِ یہٕ سورُی بوٗزِتھ گوس نہٕ تَس ناراض کینٛہہ۔ گژھہٕ ہاتہِ

گَس ، گوشس ہا۔ یُس میوٚن جاۓنٕ جِگر چھُ۔ یِمَن گَتھَن کُن سۄنہٕ نہ وَرآے ووٚنُس مےٚ بَڈٕ اَسوٕنہ ہونٛجہٕ " نہٕ چھُم سکوٗٹرژۄ رِاونمُت تہٕ نہٕ چھُس کانٛہہ کاغذ پَرٕ۔ ووٚنۍ گُواکھ زِ کتھہٕ چھِبے یاد تھوٚنہٕ ضوروری مےٚ وون تَس اَسن اَسن پانہٕ یاژ رسان۔ سوٚنٛچم تِتھَے ہیوٚ گژھبس نہ گژھُن۔ " نمبر اکھ مُٹھی کٔدٕلَس نِش چھُ وَسُن بوٚن۔ پتہٕ فِر زَن سکوٗٹرواژ وارِ سِتۍ کُن۔ تِکیازِ یِمہٕ دوہہٕ مے یہٕ مٔیل ہوٚت، قریبَن پانٛژٕ وٕرۍ بروٚنٛہہ، یہٕ چھُنہٕ اَمہٕ بوٚن وو تھمُتوٚی۔ یہٕ چھُ ممکِن پیرِ گُری سَنٛدی پاۓٹھی ماگرِ ہوٚڈ۔ ہارن ہُنٛد بٹَن دباونہٕ سِتۍ چھِ لائٹ دزان۔ ووٚنۍ اگر لائٹہِ ہُنٛد بٹُن دباوکھ تیلہِ گژھِ تیژ ھ ہارَن زَن دِیہٕ شال ٹوٚنگ تہٕ أنٛد پکھی گژھَن سأرِی ہوٚنٛ جماہ۔ پتہٕ زانہِ دَے۔ لہٰذا اتھاو زِ اَمیوٚک تہٕ خیال۔

لاک مُژراۓوِتھ کرٕڈزِ کوٚژ نبرٕ نتہٕ چھےٚ نیرِتھ ژٕلِتھ راونک خطرٕ۔ پتہٕ آسہِ پِنگہِ لوپِنس تھف کٔرِتھ روزُن۔ یِمَن گَتھَن تُمِس تائیلم ٹائیم کٔرِتھ دژ ایہٕ أسی ڈِبکَس ژٕنیہٕ رٔکھ کٔرِتھ۔ مےٚ تھاوٕ گرِلین ڈینگ حِساب کاپی پیٹھ لیکھِتھ۔ مےٚ سوٚنٛچ آیہٕ تہٕ سونہٕ سٕنٛدی گٔیہ تہٕ تیلہٕ گاسو۔

یُتھوٚی أسی مُٹھی کمپ کٔدٕلَس نِش وأتی أسی وٕتھی سکوٗٹرٕ پیٹھہٕ بٔوٚن۔ مےٚ دیوٗت پتہٕ دَکہٕ تُمٕ رٔڈی سٹیرِنگ تہٕ أسی گٔیہ بیہٕ أکس دون نفرَن ہنٛدِ مدتہٕ سِتۍ، سکوٗٹرٕ سِتۍ کُن فِرنَس کامیاب۔ مےٚ ترٕاۓ وپھر کھ ہیوٚ۔ واۓ پلورانِشہِ أسی

ٹریفِک پُلسہٕ وٲلۍ ۔اَسہِ پیوٚ رُکُن ۔حُکمہِ حٲکم مرگہِ مفاجات۔ہوٚمہِ یِمہِ بدلہٕ
وونُکھ دوشوٲنۍ کیازِ چھونہٕ Helmet لہٰذا ہُزِ و روپَیس پانٛژ ہَتھ جرمانہٕ
رٕنگٕی۔ گُستام بتہٕ کال آو بروٚنٛٹھۍ، یِمَن سِتۍ اوس اکھ کاشُر پُلسہٕ وۄل تہِ۔اَسہِ آیہٕ
کوٚبس لتھ کارگر۔انٛد گُن ہتھ وونُن جَل جَل کڈِیو روپیہٕ ہَتھ تہٕ نیرِو۔پُرپُرمہٕ
لاگِو جلدی کُرِو۔لوٚتہِ کوٚڈِم روپیہٕ ہَتھ تہٕ پلنٲوِمَس۔یہٕ ہَتھ روپیہٕ اوس دپدِ ہنٛدِ
دوا باپتھ ۔تَس بچارِ ووٚت از ہفتہٕ ہتھ ژاسہِ دوا ژھاران۔مےٚ سوٚنٛچ یتہِ ہفتہٕ
تتہِ بیِیہٕ دوہہٕ ژِ دوہہ۔کرہا کیا۔وونُکھن اوس پان موکلاوُن ضوروری۔سکوٗٹرس
کھسنہٕ بروٚنٛہہ فیوٗرُس بییہٕ پَتھ تہٕ اُمس کھژرٕٹن وٲلِس پروٚژھُم ہرگاہ بُتھہِ بییہٕ
رُکاوَن تِلہِ۔سہٕ ووٚتھ درجواب اِطمنان سان"توہہ ژٕ یو کوا"۔

جیول چوٗک واتتھ رُکاوِکھ بییہٕ پُلسہٕ والو۔اسہِ وۄن سکوٗٹرٕ پٔتھٕ
'کوا'تمو وۄن'اُژجا'۔اُسی دژایہٕ تہٕ آیہٕ واریاہن جایَن فیرِتھ وارِ کارِگرٕ واپَس تہٕ
مےٚ ترٛاوُ وفرٕ کھہوٚ۔

پگاہ وۄن گوشَن بییہٕ سکوٗٹرس پٔتھ نیرُن مےٚ آیا وآلوٚژھ مگر سوٚنٛچُم
یہٕ گونہٕ تھف تُلَن وۄل۔کیا پتاہ یتھے ہیوٚ ماگرٕ ھبس سِتۍ پیوٚم خیال'کوا'وٕنتھ چھُ
بے روک از پھیرُن تہٕ دپدِ تہٕ واتہِ دوا۔یتھوٕی اُسی نیشنل ہای وے پٔتھٕ اُکۍ
پُلسہٕ وٲلۍ رُکاوِی اُسی ۔میانٛی یارَن وۄن سکوٗٹرٕ پٔتھے'کوا'پُلسہٕ وۄل دوریو پَتہٕ اُسی

گیٖہ تَس ہُل چُک کرٛنَس منٛز کامیاب تہٕ وأتی پٹرول پمپَس نِش ۔پتہٕ پتہٕ اوس بیا کھ سکوٗٹر ووُل ۔أسۍ دوٚشوَے سکوٗٹروألی رُکییہٕ أکسے جایہٕ پمپَس نِش ۔تُمۍ ووُن أمَس پُلسہِ وألِس چھِ ریٖڑھ 'کوا' تکیا زِسہٕ اوس رنٛگہٕ کنٛی کرٛ وہُن پہَن تہٕ تَمہِ دوٚہہ اوس کورڈ وأرڈ 'طوطا'۔



# گفن ژۄر

یُتھۄی تِمس لیڈی ڈاکٹرٕ وۄن اُمس چھُنہٕ آپریشنہٕ ورأے کانْہہ چارٕے تَس لُجی وأنجہِ تھف تہٕ کۆڈھین لورِ ژٔنڈی۔ سہٕ گوٚ غوتَن۔ تو تہٕ وونکھ تمہِ اَکِس رتَس دوا کھینہٕ باپتھ تہٕ ملاحظٕ پتہٕ نَنہٕ وارٕ۔ دوا اُنتھ وأتی دوشوٚے بأژ قُسمتیو کوٚڈھیو گرٕ۔ پگاہ دفتر واتہٕ وُنوی کوٚرُن جی۔ پی فنڈُس خأطرٕ درخواست۔ صاحبَس بأوُن سأرٕی گتھ تمی دیُتُس ایڈوانس اَکِس ہفتَس اندر اندر میلنُک پوٚرٕ بھروسہ تِکیازِ تَس آسی تِژٕ ہے مجبوری۔ تَس اوس نہٕ دِلَس بُہان۔ زانہِ دَے کیازِ۔ اُمس زنتہٕ آسی پننہٕ دفترکین کلارکن ہُنٛد بروٚٹھی تسلا۔ خیر گلی گنٛڈِتھ گرٕنی بیہ اکہِ پھرِ صاحبَس گذارِش تہٕ ووٚنُس یُتھنہٕ ایڈوانسَس ژیر لگیم۔ ضوروری کاغذات آسِن کیسَس سیتی تھأوِمت۔ پنٕنی کنٛی اَسِن نہٕ کانْہہ پرٕ گی

تھاۆوِمژ۔

دۄ ہا دۄ ہا گُو گرٕھان۔ اٲمسنٕز بٲریا اٲسۍ دَوا کھیوان۔ تہٕ سہٕ اوس ایڈوانَس پراران۔ کلارک صأبا اوس امِسٕنٕدِ دفترُک مأنگُن۔ اٲمۍ سۄنٛچ صاحب تہِ گُو پۆزُی اگر بہٕ کلارکس تہِ زارٕ پارٕ کرٕ مے کیا ذاتھ گرٕھیا گم۔ دپہ سہٕ تہِ کاغذَن جلدی گَرِ۔ سۄنٛچُن اگر روپیہٕ ہَتھ زٕ ہتھ تہِ پیٚنم دِنۍ چارٕ کیا چھُم۔ شۆٹھَس چھُ بتھ بانہٕ اٲتھی لایکھِ۔ نتہٕ وَنتہٕ اَنزٕ منٛز کیا زِ گیہٕ شۆٹھس بٲریایہٕ شُر بانَس سبٔس۔ سہٕ تہِ تژھ یتھ زَن لیڈی ڈاکٹر چھینہٕ آپریشنہٕ ورأئے گتھٕ کران۔ چھِ ناونان تعالیٰ ہے آسہِ گاوی زیوِ گُر نتہٕ یوان اَصلس تہِ کھُر۔ سۄئے گیہٕ باش۔

تَس پیو گرٕ واجنٕہ اپریشَن کرُن۔ دَیَن کرٕس مہربأنی تہٕ اپریشن گو کامیاب۔ یارَن اٲکی اوُسس وونُمت اپریشنہٕ دوران تھاؤزِ دواہَن ہُنٛد رسید تہٕ بِل موجۄد۔ پگاہ لگہٕ نے دفترس منٛز میڈیکل بِل بناونہٕ وقتہٕ بکار۔ اپریشَنس دوران گتہِ پرارِ ہے سہٕ دوا فرۄش نس بِلہِ یا رسیدَس۔ مگر پتہٕ ییٚلہِ ہنا فراغتھ گیَس تہٕ تھاۆنی بَلہٕ تہٕ رسید جماہ۔ شفا خانہٕ گیَس چھٹی تہٕ گرٕ سِدِ بُتھہِ وأتتھ آیَس نہٕ پژھ۔ ڈیوٹی گُو تہٕ تمۍ یارَن پاۆس میڈیکل بِلہِ ہُنٛد یادیمۍ وثیاس نفہٕک اوس تسلی گاٹہٕ مَو پاو ہانگلو گرٕ یوشۆپہٕ ستۍ واو۔ مگر یارَن تجُس نہٕ تھف۔ لہٰذا بناوناوِ کھ

بِل تہٕ سأرِی ضوروری کاغذات تھأوٕہَس ہٕتی۔ أمہِ یمہِ بٲیَس روٗپیَس ڈاۓ ساس بَل تہٕ کرٕن کلأرگس حوالہٕ۔ سوٗ دِلہٕ نہٕ کیٛنٛہہ تِکیازِ تَمِس أسی تَس کلأرکہٕ سنٛز پتہٕ ہبی۔ صاحبہٕ سُنٛد دستخط کرِتھ تھأوٕ کلأرگن بِل پانَس نِش۔ دوٕہا دوٕہا گوٗ بِل لٔجی پوٚت دَگن۔ خیر امہٕنٛدِس یارَس توٚر فِکرِ زِ کلأرگس گَم ژرٛٹھ چھِہ۔ تَمہِ کوٚر کلأرگس ہٕتی أمِس ورأے روٗپیَس پانٛژ ہَتھ دِنٛگ فأصلہٕ۔ بِل گیہٕ ڈرا۔ گرٛژھِہے ناأخر زوٕراوُسس آمُت لاگنہٕ۔ کلأرگن دِتی روٗپیَس زہٕ ساس لوٚتہِ پأٹھی تمٕسنٛدِس یارَس اَتھہِ۔ یارَن یٛیلہِ تَس ہیم روپیہٕ دِژھ ہٕتی وۄہہنَس پانٛژ ہَتھ رٕڈ گفن ژوٗرَن۔ سہٕ گوٗنہٕ یارٕ سُنٛد جواب بوٗزِتھ حأرَتس۔



# سُے تأریخ

سہ گوٗ اَخبارٕ ژٹتھ غوٚتَن ۔اَخبار اوٗسُس اَتھَس کیتھ مگر أندری

ٚکنیٚ اوس خبر کوٚت ووتُمت ۔تَس پیوٚ سہ سوٗری یاد یێلہِ تُمۍ مکانہٕ بناونہٕ خاطرٕ سیرِ کوٗنڈٕ

پیٚیا یہِ ۔عزیز کرٛالَن اوٗسُس تمہِ دوہہٕ شامَن کوٗنڈٕ زالنہٕ بروٚنٛہہ زالا بھگوتی ہُنٛد

پاٹھ گرنہٕ باپتھ ووٚنمت ۔عزیز کرالَس أسی زِٹھ کوٚر رحمت کھریوٚ باٮ۪ گنٛز

آمٕژ ۔أمَس اوس پٲنٛژ سوٗنٛیی رمضان کرٛالَن اکہِ دوہہٕ کھرٕ وِ زالا بھگوتی ہنٛدِس

مندرَس کُن ہاوان ووٚنُمت ۔ ’’یہٕ چھُس کوٗنڈٕ زالنہٕ بروٚنٛہہ ،اَدِ سہ باٚنہٕ کوٗنڈٕ أستَن

یا سیرِ کوٗنڈٕ ،توٚت تِہُر پانٛژ زِوان ۔لہٰذا اَچھِ میانۍ کوٗنڈٕ ہمیشہٕ سِدِ بُتھہِ کھٕسان ۔اگر

یِژھ تہٕ پٕژھ تھاوَ کھ چانین کوٗنڈن تہٕ یییہٕ نہٕ زانٛہہ وبڑام‘‘ تنہٕ پتھٕ اوس عزیز

کرٛال کوٗنڈٕ زالنہٕ بروٚنٛہہ زالا بھگوتی ہُنٛدِ ناوٕ تِہُر تھاوان ۔تَس أسی أمِس دیوی ہنٛز

یڑھ تہٕ پڑھ گنیمڑ ۔تمہِ دوہہ وونُن اُمِس تہِ یی گرُن ۔پانہٕ آونماز پرٕتھ۔تہٕ تَس دوہہٕ پُن منٛد رَس منٛز رتن دیپ زاٗلتھ صاٗدصاٗبنہٕ نیاز ترٛاوُن ۔

اَمہِ پتہٕ دیوتُن دوہہٕ تہٕ کاٗنٛٹھہٕ گَن زاٗلتھ کوٗنٛدِ نارٕ عزیز کرٛال،سہٕ تہٕ بیہٕ اَکھ نفر روٗدی راتَس اُکسہے زَنٛگہِ پیٚٹھ ۔تمن آوٕیمنے اُچھَن گاش ۔کوٗنٛدِ روٗز برابر ہفتَس دَزان ۔عزیز کرٛالَن تھاونوٗ وسہٕ اَتھ تہِر ژوٹ تہٕ پتہٕ دِژِن کوٗنٛدی اکِہ اَنٛدِ نظر ۔تَس پھوٚجہِ بوکہٕ ۔سیر آسہٕ نارہ تِکھ ہشہِ ۔زَن اوس زالادیوی سارنے سیربن پانہٕ اَتھہٕ ڈوٗلمُت ۔

دِوری کنٹین ہُنٛد براٛنٛد تہٕ کوٗنٛچہٕ گنہٕ آسَن پانٛتہٕ چھوٚکہٕ پیٚٹھہٕ اُکِس دوستہٕ سنٛدِ دَستہٕ انہٕ ناوِنٕمڑ ۔ڈٕسِل تہٕ چھان اوُسُس کاٗری گر پیومُت ۔اِدٕ جایہٕ پاوُرازہٕ پوٗرتہٕ براڈوِے ٹاورتُلتھ اُسی اَچھہِ داٗر بنیمڑ ۔یئتہِ گُنہٕ پونٛساٹوٗنٛکا اوُسُس سہٕ اوُسُن خرچوٗمُت ۔اکثر اوس دپان مکانہٕ گوٚژھہِ مرُن منٛزٕتھ بناوُن ۔کُنہِ کُنہِ گیٚس اَچھ تنگی تہٕ اِدٕ گاہے یارن دوستَن ہتھ ،گاہے جی ۔پی ۔فنٛڈ کڈٕتھ کرُن ،نَرِ ہنزِ جایہِ زنٛگ تہٕ زَنٛگہِ ہنز، جایہٕ نُر لاگتھ مکانہٕ ہر رنٛگہٕ فِٹ ۔پرویش دوہہ لاٗجن وُرہٕ تہٕ ساٗری اَنٛگ اُشناوتہٕ یار دوست کھیاوٕنی سال ۔عزیز کرٛالَس کیوٗت اوسُن قمیض یزار،تَہنزِ آشنہِ کیوٚت فیرَن جوٗر اونمُت ۔چھانَس تہٕ ڈٕسلَس تہٕ اُسَن جان بخشاٗیش دِژٕمڑ ۔تمن کتھَن لوٗگ تَس

اخبار پٔرتھ پھیوٚر یٔمن نہٕ سہ دَل یژھان اوس دیوٚن۔

مکانس منز اَکھ رٕتھ گزارنہٕ پتہٕ پیوٚس نیرُن تہٕ واوٕ ہالتس لوٚگ۔ اَز اُس اَخبارس منز تمسٕندِ مکانٕچ خبر، یُس گامہٕ نبر تھوٚد دیوار دِتھ اوس۔ مکانہٕ اوس گوٚمُت نارہٕ بزٕ۔ تِکیازِ دہشتھ گردٕ و آسی اَتِہ چھپن جائے بنأوِمژ۔ راتھ اوسُکھ گامُس کریک ڈاون کوٚرمُت۔ اَتھ مکانس کوٚرُکھ گیرہٕ اندر ژھچھ دِتھ دہشتھ گردن دِژکھ ہتھیار تژاونٕچ وارننگ مگر تِمَو کٔری توٗرٕ گوٗلہٕ بأری۔ ملٹری تہٕ کٔری گوٗلہٕ بأری۔ تہٕ اَمسٕند مکانہٕ گوٚ نارہٕ بزٕ۔ دہشتھ گردن گیہ اَڈٕ دٕ زموٚنگُر۔ سورُوی مکانہٕ گوٚ مِسمار۔ عزیز کرٕ الَن یٔمہِ سیرِ پیمژٕ آسہٕ تِمن گوٚ بوٗس۔

تِمی ترٕ اُو اخبار اَچھن پٔٹھ تہٕ سوٚنچُن شاید ماگٔیم زالا بھگوتی ژٕ کھہِ یمہِ کٔنی یہ گٹہٕ کارگوٚ۔ اخبار خبرِ ستی آوٚس وُتارتہٕ دیوٚتُن اخبار ہیوٚردأرِتھ۔ کلینڈرس یُس لَبہِ پٔتھ اوس، کُن پیٔس نظر۔ اَز تہِ اوس سے تأریخ تہٕ رٕتھ یمہِ تأریخہٕ تہٕ رٕتہٕ سہ پٔرٛوٚس کشیرِ نیرنس پٔٹھ مجبوٗر اوس گوٚمُت۔



## ماڈٲرن پۆزا

بہٕ اوٗسس اَز گوڈنچہِ لٹہِ پنٕہ نِس فلیٹَس پٮ۪ٹھ روزنہِ آمُت۔ یہٕ اوس اَسہِ زٕہ ؤرٕے برونٛہہ مِلی ہیوتمُت مگر شُرٕ ہٕنٛز نوکری دِلہِ نہٕ بر آسنہٕ کِنٛی اوس فلیٹ بند۔ یوٗہَس گرٕی لوکٕٹ نیچیو سأنٛژ دیٛرینہٕ منٛگ پوٗرٕ تہٕ لوٗگن دِلہِ روزنہٕ زۆنہٕ گرُن۔ لہٰذا لوگ فلیٹَس منٛز لَسُن بَسُن۔ فلیٹَس تہٕ مکانَس چھِ تیٚژا فرق ییٚژا اَناوِد یارَس تہٕ پروردِگارَس۔ مکانہٕ گوٚو جایہِ، ہیٚنٛژ جایہِ۔ لسن تہٕ بَسن جایہِ۔ فلیٹ چھُ مہِ باسان ہَتھ وٕرٕیچ کِرایہِ ایڈوانس بھرِتھ، مأنٛلکِ سنٛدِ ترٛٲژ ترٛٲژ نِشہٕ ہنا لوٚت روٗزنُک اکھ ژھل۔ نتہٕ بۆ زَو چھُ کیا فلیٹ وٲلِس پٮ۪ٹھ۔ نہٕ ژۆک پٮ۪ٹھ تہٕ نہَ

چھِت ۔ بحرحال نارٕس مادِیہٕ نرِ اِنسان ۔ Metro city منز نوکری کرنہٕ موٗکھہٕ
چھُ یِم زہر نیٖنگلاوُنی پیوان ۔ نتہٕ چھُس ربَس نَم ژَم گاٗلتھ فاقہٕ فِر روٗ زِتھ ماٗلکہٕ
مکانَس کِرایہٕ رٕنگی تنخاہ ٹاٗنگی حوالہٕ کرٕنی ۔ اَدِ دِیتَن یِڈی ہیچھِو ژوٗٹ ۔

اَز کل کَس ییتھ مشینی دورَس منز چھِ سارنٕے ترٕپہٕ ترٕپھ
آسان ۔ مگر کینہہ اِنسان کران کوشِش سوروُی گوژھُم اُتھی لگُن ۔ یہٕ دُنیاتہٕ تہٕ سہٕ
دُنیاتِہ ۔ بڈین شہرن منز چھِ سارنٕے کامین کیتی رَنگہٕ رنگہٕ وسیلہٕ تہٕ دسیاب ۔ ووٚنی
گوٚ بڈین گرَن چھُ ہمیشہٕ چرن پایٔے ۔ گرن منز گیس سلینڈر واتناونہٕ
پیٚٹھہٕ، ژھوٚٹہٕ لفافَس اَند بوٚر دِنَس تام، لوکچہٕ کیٚو بَچہٕ کامِہن باپتھ چھِ موٚ زوٗر
تیار ۔ مگر یہٕ گوس یہٕ ڈینٛشتھ حیرتَس ییٚلہِ مےٚ رکشہٕ والین ہنز جماتھا کھ پیٚنٛی پیٚنٛی رکشہٕ
شیرِتھ تہٕ پیٚرِ تھووُ چھ ۔ بال کوٚنی پیٚٹھہٕ آم نہٕ صاف لبنہٕ، تیٚم تہٕ گتہٕ ۔ شیٖٹھہٕ ڈولمت
نفرِ چھُس ۔ عینک نٔے لاگہٕ لبَن چھُس کھٔستھ گرٕشھاں ۔ لہٰذا لوگُم عینکھ تہٕ ووٚتھُس
بون ۔ ہیرِ وسان وَسان لگُم واریاہَن آنٛچارین مانٛجارین عتی دکہٕ درٕسی ۔ اُڈی پکہٕ
ناوان پونٛی، اُڈی اخبار، اُڈی دوٗد، اُڈی سبزی ۔ اُڈی شُرٕ ہِن سکولہٕ باپتھ ۔ گوڈٕ یِمَن
شُرٕ ہِن تہٕ گاٚمتی یِمَن فلیٹَن منز زنتہٕ Broiler پوٚتی ۔ بیچارٕ ہروٚبتہٕ آسَن زنتہٕ پنٛجرن
منز بند ۔ اَتہٕ ترٕ گوسانہٕ فلورکس بیٚیس فلیٹ واٗلی سُند شُروَز منز ماجِہ ہنزِ کھونہِ منزٕ
نیٖرِتھ تہٕ ژھٔنین مےٚ جِفی ۔ مےٚ سوٗنچ نہ زایَس نَہ پیایَس ناحقہٕ رٕٹُس ہوٚرِ

رازَن۔ مگر شُر چھُ بھگوان اِ دِ سہ مدرٲسی سُند اُستَن یا بنٛگٲلی سُند۔ شُر چھُ شُر سے رو‎ٹ۔ تمی دِژ یا شاہ تہٕ پیر شاہ گرٕتھ میأنِس عینکس تھف۔ تَس باسیوٚ شاید ما چھکھ مےٚ ٹانگہٕ گری سُند گنہٕ پٕتھ گوٚنڈ مُت تہٕ مے کرِہے آزاد۔ عینکھ تمسِندِ اَتھہٕ منٛز یود واتو دوائیلہٕ کرِتھ ترٛ ووم فرٛکھ۔ تَسنٛز ماجِ یمہٕ گوڈہٕ بنٛگٲلی پأٹھی کتھ کرِتہٕ ییٚلہٕ یہٕ وُچھنَس ہانٛگل ہِندی پأٹھی وُچھاں پھرِن اُردوٗ ہس کُن زبو تہٕ "وونن بیٹا بڑا شرارتی ہے" مےٚ ووُن پانسے ہِتی وَلہٕ سہَ کانٛہہ غم چھنہٕ۔ یمِ شأل چھِ واریاہ روٗد وُچھمت یہٕ نے کشیرِ پٮ۪ٹھہٕ نیرِتھ ڈیرٕ واو پیوٚمُت آسہِ یمَن فلیٹن کُس پرٛژھِ ہے۔ تہٕ کرِتھ اُمس شُرِس کُس تقصیر مے اوٗساوُ نہٕ کانٛہہ نادلایان۔ رکشہِ والبو کوٚرا مےٚ سال تہٕ مے ترٛ اوٗی لاپھ۔ "توتہٕ چھُ دلیس کُن شُکر راتھ چھمَس نَم کأسمتی۔ پتمہٕ ہفتہٕ دِژ اُمی بڑی بس یٔتھے پأٹھی عینکس تھف۔ اَکھ فُٹ عینکھ بییہٕ آیہٕ تَس نَستہِ ژوٗرٹیہٕ ـ مے سوٚنچ ووٚنی گوژھنہٕ توہہِ تہٕ تمی گرٛژھُن"۔ بنٛگٲلی زنان اُسی مے کُن ہمدردی سان وَنان۔

مے سوٗر اَتھہٕ ہِتی بُتھِس سأری اوزار چھاکاژِ۔ خاصکرٕتھ دِژم نستہِ وارٕ اَتھہٕ ہِتی اور یوٚر مرٕن ـ مے دوٚپ بُجرِس منٛز چھُس، اُچھو، گنو، دندَ وچھُ لانٛگ لیو Long leave تھأومُت، ووٚنی چھِ فقط نستی یوٚت وُنہٕ پننہٕ نہٕ حسابہٕ پکان خبر اَتھ تہٕ مانیوٚ بنٛگٲلی شُری اَرٕیر کأستھ۔ ویسے بُجرِس منٛز بوزوے دے تہٕ چھُ

جانٕۍ کران ۔ اگر بُڈٕس کَم پہَن بوزنہٕ یِوان آسہِ شُرِٛین گٹہٕن ،نوشَن کوٚرین تہٕ چھینہٕ زیادٕ جواب طلبی لگان ۔بییہٕ اگر کُنہِ تہٕ رَژھا پوٚت ہیٚنِ تیلہٕ سونے پرٕ سُہاگہ ۔

بحرحال بہٕ ووٚتُس گیٹَس پیٹھ تہٕ رکشہٕ وٲلی ٲسی شِو پاروتی ،رادھا کرشن ،سیتارام ،دُرگا ماتا ،شیرا ٕ والی ماتا ،گنپتی بابا بیترِ بیترِ موٗرتی تہٕ فوٹو سجاوِتھ پھرٕناوان ۔فلیٹَن منٛز روزَن وٲلی ٲسی پننہِ پننہِ آیہٕ شرٛدھایہٕ سان مَن پَسنٛد دیوتاہَن پوٗزا پاٹھ کٔرِتھ ،پوش لٲگِتھ ،دُپہٕ ،مُشکہٕ تُجہِ زٲلِتھ ،رٔتِن دپھ آلوِتھ نیمان تہٕ دان ترٲوِتھ نوید رَٹان تہٕ نیران ۔زیادٕ کالَس کَس فُرصتھ ۔بہٕ اوسُس گیٹَس نِش صِرف وُچھان ۔اَکھ نظر رکشہِ والین تہٕ لوکن کُن تہٕ بیاکھ آسمانَس کُن ۔ مے سوٗنٛچ یہٕ دَے تہِ کوتاہ ژھلہِ گوٚر چھ ۔ ٲمی تھٲوٕ ہرکانٛسہِ وَتہٕ موکجہِ ۔پانہٕ چھُ ہیرِ کنہِ بِہِتھ وُچھنا کران ۔

ٲخرَس پیٹھ اوس سُہ رکشہِ ووٚل یُمی شنکر بھگوان سنٛز مورتی سجٲوِتھ تھٲوِمٕژ ٲسی ۔ ٲمی ٲسی خٲلی گاگرِ ترٛوٲوِنٛکس پیٹھ تھٲوِمٕژ ۔ ٲمِس ٲسی باقیَن رکشہِ والین ہنٛدِ کھوتہٕ بیٚرٕ گَم ۔سٲنِس گیٹَس نِش ٹھہریوٚ بہٕ وٕچھِتھ تہٕ ووٚنُن "بابوٗ جی گھاگرِ چھا پوٗنٛ ترٛاوُن " مے ووٚنُس حیرٲنی سان "اَتھےٚ گاگر خٲلی چھےٚ "تمی ووٚن وضاحت سان "یتہِ کَس پٲنٛیس چھُنا نوٗن زیادٕ رَلہٕ ۔تمہِ ستی چھُ

موٗرتی تیٚز گَم گرٛشان۔ بہٕ چھُس شرٛ دھالوٗہَن نِشہٕ پأنسہٕ جمع کران۔ پتہٕ چھُس صاف پوٗن مٲلۍ ہِتھ گاگرِترٛ اوان'' مے سوٗنٛچ یہ رکشہٕ وول چھُ سبٹھا دھرمی۔ چنٛدمنٹ کوٚڈُم فُٹ ووٹ تہٕ أمِس پلہٕ نأوِتھ کوٚرُم شنکر بھگوانس گُلی گٔنڈِتھ نمسکار تہٕ ژاس واپس گیٹس انٛدر تہٕ اورٕ دژٛ او بنگالۍ شُری سُند بٔڈی بب ٹیٚبن ڈرٛیسنگ کرناونہٕ



## غریبوروٕز درِ۔۔۔

حکومتَن اوس شہرَس منٛز سڑکَن کھٲجِر دِنٛک حُکُم دیوتمُت تکیازِ شہرَس اوس ٹریفِک سبٹھاہ رُ یوٗمُت ۔تہٕ غریبَن غُر باتَن گَم پٲہَن تہٕ امیرَن اَسی زیادٕ پٲہَن سختی وبتر اوٗنی پیوٗ ان ۔اَنٛد پکھہٕ کمَن ریڑٕ والین ، چھاپڑٕی فروشَن پلہٕ وَن پریس گَرن والین ،لوکٹین لوکٹین دُکاندارَن اَس نٔتھ ژاہِش ۔تِمن اوس وہمہٕ سرکٲرِی اہلکارن آوہتھ تہٕ اَسہٕ آسہِ ہفتَس منٛز اکہِ لَٹہِ بجایہٕ دویہٕ دویہٕ لَٹہِ تہُند چنٛدٕ بُرُن ۔مگر کرِہَن تہِ کیاہ ۔نارَس ما دِہَن نَرِ ۔تِم اَسی یہٕ بوٗزتھٕے شروکنٛن ژائمتی ۔سُسرِ گُسرِ آسکھ لاچمٕژ گرٕژہٕ ۔اکہِ طرفہٕ اَسی سوٗنٛچان وفد ہیٛتھ گژھو حاکمَن نِش تہٕ پٲنٛنی داَدِ بِداد باَوِتھ دیوٗ رحم کھٕنٛن مگر بُزرگ نفراَکھ یُس پانہٕ تہِ آوِلٕنٛس

منز ہینہٕ اوس آمُت وُتھکھ وشاہ ژٲوِتھ ''ہتو یارو پلہٕ ترویَن گَتھ لٲگو اَتھہٕ ژاوُنی۔ اسہِ ہبا آزمایاو یہٕ حربہٕ تہِ اکہِ لٹہِ۔ مگر یوٗپس کیا گرِ شوٗپ۔ تمہِ دوہہٕ یُس حالہِ بدسُپُد دَے رٕچھتَن پرتھ نیکس تہٕ بدَس۔ حالانکہِ حأکمس نش واتنَس لُجایہٕ نہٕ زیادِ ہیٹھ مگر أکی نفرَن ترٲووسأنس سأرسے گرٕ مُتس آب تہٕ أسی لجایہٕ طبیلہٕ بجایہٕ پٔنزی۔ لہٰذا ایُس فأصلہٕ سُپُد تتھ پیٹھ پزِ عمل گرِنہٕ بروٗنہہ وارٕ سُرن سوٗنچُن۔ حأکمَن سمکھُن گوٗشمشیرِ دارِ پیٹھی پکُن۔ اگر ہتھے سرازیری گوٗشھِ أسی لوٗ ونہٕ کھٔنڈی ہارتہِ۔ حأکمہٕ ہِنڈی ہیڈ کلارکن یُس زَنتہٕ پانَس کیوٗت مہاکال اوس لأجِ اسہِ ہِتی ہاپتھ یارٕژ۔ گوڈٕ باسیوٚ اَسہِ ظأہرا گرِ سأنٛی گتھ۔ میچھِ میچھِ کتھہٕ گرِتھ أنِن أسی وِسنَس تہٕ اَسہِ ڈوٗل دھیان اصلی گتھن نشہِ۔ یِتِس کالَس تُمی اَسہِ کیسرِ تلی آب واتہٕ ناوٗ۔ أسی گیہ تریں تہٕ ترُواہَن۔ حالانکہِ مے باسیوٚ ہِتی أمِس گُم ژھرٕٹھ چھِ۔ وونمگھ تہِ یہٕ ہبا چھُ شیطان پوٗندِ پیٹھ زامُت۔ مگر أکِس نفرَس کُن أتھہٕ ہِتی ہٲوِتھ، چأنی جنت گار مأل مانٛہ نہٕ زٕ گتھہٕ تہٕ اَسہِ یُم پوٗنسہٕ حأکمس رَشوہ رٕنگی سوٗنبرٲووِمتی أسی سہٕ گوٗ یہوی ہیڈ کلارٕک ڈاکرٕ ورٲے نینٛگلٲوِتھ تہٕ أسی تھأوِن لبہِ تاپس۔ لہٰذا اپزِ کانٛہہ قدم تُلنہٕ بروٗنٛہہ سأرسے مالس دَل دِتھ چھیتی تہٕ کرہٕنی ژٲرِتھ، سوروٗی سرٕ کھرٕ گرِتھ بروٗنٛہہ پکُن'' أمی بُزرگن ژھُن چندَس اَتھہٕ، سِگریٹ ڈٕبی کڈٕنی تہٕ اکھ سگریٹ زٲلِتھ لٲگِنز ژیٹھی دام دِنی۔ أمِس اوس

یہِ تفصیل دِوان دِوان أسس پۆس کھوتمت ۔ سأری جماہ دوکاندار لگی پننہِ پننہِ آیہِ
أمسترٕ ن کتھن پیٹھ سونچنہِ تکیاز معاملہ اوس سٮ۪ٹھا نوزُک ۔

یہِ ورتاتھ اوس سہُ دُون تہِ بوزان یِسندِس روزگارس تہِ وَتہِ
ہِندِ کھجرٕ ستی شروکُنُک خدشہِ اوس ۔ سہُ اوس دَم پھٹٕ گومُت ۔ تَس اوس پنٕنن شُری
بوٗک نظرَن تَل یمن آکہِ نیرنے تالہِ ژٕل لوگمُت اوس ۔ دوٗنس أسی گرٕ واجنی زہِ
ورِے بروٗنہہ اَتھس ژٕنٕڈی دِتھ گأمٕژ ۔ سہُ اوس گرِ دور، یَتھ شہرَس منٛز دوٗنی
کارکرنَس پیٹھ مجبوٗر گومُت ۔ یِتہِ أسس زہِ وٕرِے گأمتی تجھ بچھِ کران تہِ شُری
پالان ۔ گرِ اوس زمین زِرآتس کمأوِتھ یڈ پالان ۔ مگر تتھ کارس أسس سہُ جنت
گارنٕچ تہِ پلزان ۔ امی پیوٚس کار بدلاوُن ۔ ہرروزِ اوس سوٗنچان کُنٛہ ہٕری چھنہِ گجہِ تہِ
ڈزان ۔ ووستہِ دوٗنس ستی أسس زہِ وِرِے گأمتی کأم کران ۔ یہوٚس اوُسس
برادِ علحیدہ پأٹھی کارکرُنُک ۔ تِمی اوس سٕڑکہِ اکہِ طرفہِ جایہِ گرٕ ژوٗنمٕ سومرأوِمتی تہِ
کھوکھہِ اکھ کھڑا کوٚرمُت ۔ تَتھ تہِ اوس سرکأری اہلکار وکھٕنٕ ہیوتمُت ۔ توتہِ أسس
پرأنی دوٚستَن یِمن ستی وَتھ وٕلز گرمٕژ ۔ تہِ یِمن ستی پکنچ ژھوٗمبہِ فکرِ تارِمٕژ ۔ سہُ
اوس پتمیو دویو وٕریو پیٹھ نیہ دانٛدنی، دانٛد گنٛزراوِتھ، أنٛدری أنٛدری واریاہ وَرِ
دگان ۔ سوٗنچان اوس وَندس منٛز گرِ نِچھہِ کوٚرِ کھانٛدر تہِ اکھ بڈٕ ذمہِ وأری والہِ
نکھہِ ۔ ہو پأری اوُسن بزازس تہِ پھمبہِ باپأرِس تہِ کم کینٛژھا رقم ایڈوانسہ رٕنٛگی

دیوتمُت ۔یہٕ سورُوٕی گُرِتھ کرأ وَتھ اوس سہٕ پٔنٕن کارشروع کَرِنس عیز ژٔندرَس پراران۔ تَس گَتہِ أسی پتاشوٕٹھہٕ ہشزَن آشَن گرٕشھن ہاشہِ۔حکومت بدلنہٕ ستی اوس حکومتکین پروگرامن تہِ فاصلِن منز ردو بدّل گوٚمُت ۔موٚخصر اَسمانہٕ وٕژھ بلائے خانَے غریب کُجا است۔سأرسے پروگرامَس گُوزٕ ژکی پھوِرِتہٕ سرٕگن ہُنٛد کھجَرتہِ اوس نوِحکومتک اکھلوکُٹ قدَم یُمہِ ستی دوٕنس بوٚ ڈتاوَن پیوٚ۔



## پَنٕنۍ کوٗگر نۓ بد......

شانتا جِگرٕ اَس چوکہٕ دمدارِ پیٚٹھ کھوٗرۍ لتھ تھاوِتھ کھوٗر کھوٚنہٕ وَٹھ کوٚٹھس پیٚٹھ تہٕ اتھہٕ بُتھِس دِتھ وَنَن پننہٕ نِس برتھاہ پرٕ کاگس ،یُس ناٚرلہٕ بروٗنہہ گنہِ تھاوِتھ نۓ آٚسس منٛز رٔٹِتھ اوس ، ''چھُنا صلاح اٚسۍ تہِ ترٛ اووٚیمَن پانٛژَن ماژٕ کریلَن یونہٕ پنِن نالۍ'' پرٕ کاکھ اوس تموٚک چیوٗان تہٕ ناٚرلَس اوس گُرگُر گرٛہان جواب دیوٚتنَس ''مےٚ گَر پھیوٚر چوٗن ،ووٗنۍ پھِرٕ اَز ـیٛلہِ چانۍ خوٚشی چھپے ہری اوم گرِتھ گرَو۔شامَس چھُ کھانٛدَر کوٚرمُت صحی ـیہٕ کاٗم تہِ والَو نگھَے ـ اکھتوٗی نیرِ شامَس تہِ زَڈ ـ دَے زانان شانٛدٕ گوٗنٛدۍ طوطہٕ وأتِتھ روزِ سأیمَن اٚچھَن سہُ آب ـ''

شام لال، شانتا جگرِ ہُند لوکُٹ دژ وٕ معمولی سرکأری مُلأزِم آسنہٕ کِنہِ لُجس کھاندرَس ہنا ہیٹھ۔ ووٚنۍ گوٚس یُہُوس کھاندر صُحی۔ کُمی تام کوٚرِ وٲلی موٚن حالانکہٕ کوٚر اُمس شامَس وٕ ری اَتھہٕ مرِکأنسی۔ کرمہٕ لیکھایہٕ نمسکار بخت گوس بیدار تہٕ اَمِہن پنُن گیس گنڈ گنڈ۔

شانتا جگرِ لأج یژھِ تہٕ پژھِ سان کھاندرٕچ تیأری کرٕنۍ۔ شامہٕ تہِ اوس ہر کانہہ کتھ مانان۔ سوٚنچان اوس بوۓ بأی کانٛہہ ہر تھرِ ہان شوٗٹھس گیاو بأۓ۔ جی لہذا اگر پرٕ ٹاٹھنین شُربن تہِ یوشہٕ پَن تژ اونہٕ ییہٕ ناکارٕ گونہٕ کینٛہہ۔

تِمن دوہَن اوس عہٕ أزکی پأٹھی سالہٕ کاڑسوٗزنک رِواج۔ ییہٕ چھا أز یِک وقت یُس سالَس ییہٕ سہٕ دوٗرِن أچھن ہُند گاش تہٕ یُس نہٕ یِیہٕ سہٕ گو ترین أچھن ہُند۔ کھاندر وأ لِس اوس بیوان رتھ بروٚنٛہہ دِ پنہِ نیرُن۔ نزدیکی أشناوَن نِش زٕ ژوٚر بأژ ہتھ تہٕ دوٚرِ درازٕ أشناوَن زیادٕ نَے تہٕ اَکھ۔ شانتا جگری تہِ درایہٕ پوٚری تژ أو تژ أو دِپنہِ۔ ساتھ روٗٹِن مالنہِ۔ زٕ ہٹھ ہش بینہٕ جگر أسس شہرِ باگنی آمژ۔ تَس گیہٕ پانے دِپنہِ۔ تِمسٕنز نوٗش ٹاٹھی، یَس کھاندرَس زٕ ژوٚر وٕرِے گژھتھ تہِ شُرِ مُرِ ورأۓ أسی، کوٚرُن سالَس واتنَس باند باند۔

کھاندرکی دوہہ وأتی نزدیکھ شانتا جگر أس دَنہٕ پنہٕ سنٛز کرنس لُجمژ۔ لگن اوس مقرر گوٚمُت۔ زانہِ دَے یِموو اوساعم دَم کوٚرمُت، یتھ زَن کورِ

مأیِلِس شام لالُنٛۍ اصلی وأنِس بُل چُک گرٕ‏ھہِ، کِنہٕ گور و جیٖن اوسُکھ پننہٕ ویستارٕ موجوٗب طے کوٚرمُت۔ گرٕ ناوے گٔرِتھ پیٚیہِ مأنٛزِ رأژ پٔتھ پٔژھ کھیچُو کھیچُو وأتِتھ۔ کینٛژھا یٔژ کأنٛسی شام لالنہٕ برٕنہٕ کرِچ گرٕ‏ھنہٕ موجوٗب تہٕ کینٛژھا شانتا جگرِ پیٚٹھٕے بانٛک کارشُر بہٕ ہنٛز میکھلا۔

خیر سأری پٔژھ وأتی۔ بیٚنہٕ جگٔری تہٕ وأژ شہرِ پیٚٹھہٕ پننیٚ نوش ٹأٹھی ہیتھ۔ مگر ٹأٹھی ہُنٛد برتھا بوٚیہٕ لال نہٕ کینٛہہ۔ تَس أسِکھ حال حالی لداخ تبدیلی گرٕ مژ۔ پَس از گدأئی چاکری۔ بوٚبَس پیوٚ حُکمِ حأکم مرگہِ مفاجات زأنِتھ لداخ نیرُن۔ راے أسس ڈیرٕ ویرٕ گرِتھ تارن ٹأٹھی تہِ توٚر۔ ٹأٹھی أسی امہِ کِنی شانتا جگرِ ہِنٛدس کھاندرَس پراران۔ سوٚنٛچان أسی گام کھٔسِتھ گرٕ ہفتَس کھنٛڈَس جایہ پھیٚوٚر۔ ہرٕ دِتا پھ چھاوِتھ تہٕ ڈوٗنی پوٚنٛشہِ کھبتھ تہٕ اور یورٕ چکرا گرِتھ کڑٕوٚشُلا۔

مأنٛزِ رأژ پٔتھ لوٚگ گیوٚن۔ محلندرٕکی زنانہٕ أسی شامنَس کھاندرَس پیٚٹھ وولسَنس آمٕتی۔ اَتہِ أنٛجی محلندر رِکمن تہٕ پرٕھِن گیوٚنَس ٹھوٗل۔ محلندر رِکمن ہُنٛد باجہِ وول، گوشہٕ اوس مُد رِہتہِ گم بأتھی گیوان۔ زنانہٕ آسہٕ وِگنہِ ونہٕ وان۔ ٹأٹھی رٔژٕ تُمبکھ نأر تہٕ گوشہٕ جمأژٕ رٕلِتھ لوگن گیوٚن۔ یہٕ سورُوٗی أسی واریاہ پٔژھ تہٕ محلندرٕکی ژرژان۔ گاش پھوٚلُن تام روٗز گوشٕنی جماتھ گیوان گمہٕ لیلایہٕ، گم بھجن تہٕ للہٕ واکھ، رسول میرٕنی بأتھ، محموٗد گأمی ہنٛدی غزل۔ جبہ

خأتونہِ تہٕ أرشہٕ مالہِ ہٕندی وَژَن گیٚو، گیٚو ٹُلُکھ سورُوی محلہٕ الہٕ کنگن۔ پٔژھ گیٚوَن جمأژ کھوٚ ستیٚ دوش تہٕ ہأوٕ کھأٹ۔

پگاہ اوسکھ دیٚو گٔو ن۔ شانتا جگرِ اوس سوٚنچُمت۔ درٕ کا گنٛڈ تہٕ کھارِ نأروَن۔ لہٰذا اوسُکھ شامَن گرٛھُن نوش اَنہٕ نہِ۔ گاڈی اَکھ تہٕ ٹیکسی أسکھ کرایَس پٔٹھ کَرٕ مٕژ۔ سالر أسی پوٗرٕ دوہَس تیأری کران۔ تہٕ شامَن اوسُکھ بَرأژٕ ستیٚ گرٛھُن۔ شانتا جگرِ سٔکھر اوٗ ٹأٹھی تہِ بَرأژٕ ستیٚ۔ تُمسنٛزِ ہَشہِ ماجہِ، بیٛنہ جگرِ، مأنیوٗس نہٕ مگر ٹأٹھی اوس پانَس تہِ سالَس گرٛھنَس غرض۔ ٹأٹھی ہنٛز لوٚکٹ زام تہٕ بیہٕ لوٚکچ اکھ زٕ کوٗرِ تہِ گیہٕ بَرأژٕ ستیٚ۔ گوشَس أسی نہٕ رأتی راتَس گیٚونہٕ ستیٚ ہام تہِ ہرٕ یمٕژ۔ سہٕ تہِ اوس بَرأژ گرٛھنَس دندَن کھمَرن دِتھ۔ براتھ وأژ وقتَس پٔٹھ شام لأگُن ہوٗوُر۔ وِژکس وٕستھ گرٕکھ دارٕ پوٚزا۔ دوٚن کأنٛین اوسُکھ فرشہِ فروٗش کوٗرمُت۔ أکس لگنہٕ خأطرٕ تہٕ بیٚیس سالرَن باپتھ۔ کالُک بتہٕ کھبتھ روٗدی مہرازَس سان یزٕ مَنَس ستیٚ مہرازٕ سٕند دوٗس تارٕ۔ باقی سالرو گیوٚنٛد گھنٹَس کھنڈَس تاسا تہٕ پتہٕ پیٚیکھ نبَر۔ زَن چھچہٕ ہگھ مزارٕ مٕژ۔ ٹأٹھی تہٕ گوشَس اوسُکھ زَن أچھَن کوتَر رَتھ موٗتھمُت۔ تِمن گیہٕ نہٕ اکھ زِپھ تہِ۔ أچھو تہٕ کھورَو أسی اکھ أکِ کیاہ تام ہاوان۔

أتھی دوران وٕژھ ٹأٹھی بوٗن۔ زأم أ· أسس نیٚنٛدر

پیمژ۔ گوشہِ تہِ ووتھ پتے۔ بوٚنہٕ گیہٕ یم دوشوٕے ٹیکسی نِش۔ ڈریوراوس سیٹہِ پٹھ لَر

ترٛاوتھ خبر کم سوٚپنٕہ ووٚچھان۔ گوشن کوٚرس شیشہٕ دارِ ٹھس ٹھس۔ سہٕ گوٚہشارتہٕ

زاۓجن یکدم ٹارٕچ۔ اِدٕ پروژھن گوشس بانبرِ ہوٚت ''کیا مہراخارچھا'' گوشن

ووٚنس توہٕ تمبلی ۂ راۓ مگر کمہِ تام ہٹہِ ''یمس'' ٹاٹھی کُن ہاوِتھ، ''ہسا کوٚرن دوٕد۔

وَنی اگر ژٕ منتھا تھاوِکھ اَسہِ واتناوکھ نیشنل ہاۓ وےہس پیٹھ۔ تتہِ پیٹھہٕ گرٕھواسی

شہر۔ یم پوٚنسہٕ واتن تم نِتہٕ'' ٹیکسی ڈریورن ووٚنکھ پریشانی سان ''یٕ ئنسن ہُنٛد چھُ

سُہلی۔ کھسِو پرواۓ چھُنہٕ۔ بہٕ چھس ناماجہِ بیِنہٕ وول''

تمی ترٛاو اُڈِس گھنٹس منٛز نیشنل ہاۓ وےہس پیٹھ تہٕ آو

واپس۔ صُبحن فوٗل گاش۔ لیکن بیترِ اوس سپد یوٗمت۔ مہرینٛ تہٕ مہرازہٕ گوٚ تیار تہٕ

سالرتہِ سپٕدی بسہِ منٛز سوار۔ اَماٹاٹھی تہِ گوشہ چھُنہٕ کُنہِ۔ سارِوۓ لاجہِ سُسر گُسرِ

گرٕشہٕ۔ تام ۂنی ٹیکسی ڈریورن ساٚرۓ دلیل۔ پٕر کاک اوس گُلی موٚران۔ سوٚنٛین

منٛز خجل خاٚری نِشہِ بچنہٕ موکھہٕ دوٚپن ڈریورس، ووستاٚد۔ تام وآتی مہرینٛ ہتھ

گرٕ۔ شام لال اوس نہٕ ژٕ ھینٛتین فوٚتن واتان۔ مگر سوٚنچان اوس شانتا جگرِ تہٕ تسنٛزِ

بیِنہٕ پیٹہٕ نوٚن۔ اتہِ آسی تُمبکھ ناٚرطیس پیٹھ گرزان۔

دندن گرِ ژندن لشہ ـــــــــــــــ وآریوٚ نِش وآژکھے

گوشن یارا اکھ اوس لوٚتہِ لوٚتہِ وَنان ''سہ واژایہِ کاٚلی کاۓ گوشس ستی'' یہٕ نو

شوگہٕ تُت بوٗ زِتھ گیہٕ اَتہِ ژھوٗپہٕ۔ساأرِی گیہٕ زَنتہٕ دَم پھوٗڑِ۔محلندٕ رک تہِ أسی مہرٕبٲنۍ وُچھنہِ آمتی۔تِم تہِ گیہٕ روٗ زِتھ۔اکھ بُزٕرگ مگر پُر مذاق شخصا ووتھکھ ”پٔنٕنی کوٗ گرنۍ بَدآسہِ لوکہٕ ہنٛدِ مَرِ کیازِ ترٛ اوِٹھوٗل“

